


ہندستٲنۍ ادبٕکۍ معمار

# میر غلام رسول نازکی

عزیز حاجنی

ہندوستانی ادب کے معمار

# میر غلام رسول نازکی

عزیز حاجنی




ساہتیہ اکادمی

# ترتیب

**Mir Ghulam Rasool Nazki** : A monograph in Kashmiri by Aziz Hajini on the Kashmiri author. Sahitya Akademi, New Delhi (2017), Rs. 50.

گوڈنیک چھاپ: 2017



ساہتیہ اکادمی

صدر دفتر:

روِیندر بھون، 35 فیروز شاہ روڈ، نئی دہلی 110001

سیلز آفس: سواتی مندر مارگ، نئی دہلی 110001

علاقائی دفتر:

4، ڈی ایل خاں روڈ، کولکاتا 700025

172، ممبئی مراٹھی سنگھر الے مارگ، دادر، ممبئی 400014

سینٹرل کالج کیمپس، ڈاکٹر بی۔ آر۔ امبیڈکر ویدھی، بنگلور 560001

مین بلڈنگ، گونا بلڈنگس (دوسری منزل)، (304)443، انا سلائی، تینم پیٹ، چینئی 600018

مول: 50 روپے

ISBN : 978-81-260-5231-8

E-mail : sales@sahitya-akademi.gov.in

Website : www.sahitya-akademi.gov.in

مطبع: وکاس کمپیوٹر اینڈ پرنٹرس، دہلی 32

# گوڈ کتھ

کأشرِ زبأنۍ ہِندِس قداوار شأعر، ترجمہٕ کار تہٕ براڈ کاسٹر میر غلام رسول نازکی لیس متعلق یہِ مونوگراپھ لیکھہٕ نچ سعادت پراونس پیٹھ چھس بہٕ سیٹھاہ خوش۔ نازکی صأب اُسی کأشُر، اُردو، فارسی تہٕ عربی زبانن منز طبع آزمأیی کران۔ أہندِس شخصیتس تہٕ ادبی دِتس متعلق چھےٚ یتھ مونوگرافس منز بُنیأدی زان فراہم کرنہٕ آمٕژ۔ مونوگراف چھِ اَمی مقصدٕ لیکھنہٕ یِوان زِ ناودار تہٕ قداوار ادبی تہٕ علمی شخصیژن متعلق بُنیأدی زان ییہِ عام پرن والین ہِنٛدِ باپتھ سہل تہٕ عام فہم زبأنۍ منز پیش کرنہٕ۔ یہِ چُھنہٕ عألمن تہٕ تحقیق کارن ہِنٛدِ بٕو علمی تہٕ تنقیدی مباحثو باپتھ آسان، تمہِ خأطرٕ چھِ بجہِ بجہِ کتابہٕ یِوان لیکھنہٕ۔ دِلہِ ہِنٛزٕ قومی ساہتیہ اکاڈمی ووت وونی وارِیاہو رِیو پیٹھہٕ مختلف علمی تہٕ ادبی شخصیژن متعلق مونوگراف شایع کران۔ زیرِ نظر مونوگرافچھ أتھی سِلسلس تحت لیکھنہٕ آمُت۔ ساہتیہ اکاڈمی ہِنٛدِ قأعدٕ مطابق گژھہِ مونوگرافُک باڈو صرف شیٹھو پیٹھہٕ شیتن صفن تام آسُن۔ یہِ مونوگراف تیار کرنہٕ وِزِ رٕو دمےٚ یہِ قأعدٕ زیرِ نظر، نتہٕ زَن چھےٚ میر غلام رسول نازکی ہِنٛزٕ علمی، ادبی تہٕ سمأجی شخصیت باگہِ بُرزتہٕ بسیار پاسل تہٕنٛد ادبی دیُت چُھ سیٹھاہ وسیع تہٕ معیأری، ییمیُک کلہُم بیان یمن کُژن تام صفن منز وٕپراوُن سیٹھاہ مشکُل چُھ۔ تاہم چھےٚ تہنٛدِ شخصیتکہِ پژتھ کُنہِ ضرٛوری پاسچ بُنیأدی زان عام پرن والین تام واتناونچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ ووٗمید چھےٚ یہِ مونوگراف کرِ پٔنُن مقصد پوٗرٕ۔

بہٕ چھس ساہتیہ اکاڈمی ہِنٛدِ کأشرِ ایڈوایزری بورڈکین ممبرن تہٕ خاص پأٹھۍ اَمہِ

بورڈٕ کِس کنوینرٕ محمد زمان آزردہ سُنٛد شُکر گُزار ییم مےٚ یہ مونو گراف لیکھنہٕ باپتھ پتہٕ رٕوٗ دِژ۔ اَمہِ علاوٕ چھس تِمن ادبِین تہٕ ادارن ہُنٛد تہِ شُکر گُزار یِہنٛز و کتابو منٛزٕ حوالہٕ جات میسر سپدی۔

عزیز حاجنی

# پۆت منظر

وُہمہِ صدی ہُند دۆیم نصف چُھ کأشرِ زبأنۍ ہِندِ ادبی توأرېخُک سونہرۍ دور۔ یہِ دور چُھ تمہِ بارِ سیأسی سماجی تہٕ معأشی تبدیلی ہُند أنہٕ یتھ اکہِ بارِ بدلاوُک دأ نشورانہٕ ردِعمل تہٕ وٕنتھ ہیکو۔ یہِ دور شروع سپدنہٕ کِہے برۆنٹہہ أس کٔشیر شخصی راجکہِ ظُلمہٕ نِشہِ آزاد گأمژ۔ آزأدی ہُند اعلان اوس سپُدمُت تہٕ عوامچہِ کلہم ترقی ہِنزِ ضمانتھ کتھہٕ آسہٕ أیئنس منز درج کرنہٕ آمژ۔ کلہم ترقی ہِندِ حوالہٕ آسہٕ تہذیبی، لسأنی تہٕ ثقافتی پرٛزنٔژ قأیم تھاونس ستی ستی یمن ووتھہٕ واشرِ دِنچہِ کتھ تہٕ وُژھمژ۔ اَتھ سلسلس منز چُھ بشیر اخترنہِ اکہِ مضمونہٕ منز کڈنہٕ آمُت یہِ اقتباس قأبلِ غور۔

"کٔشیرِ ہِندِس توأرېخس اندر أس یہِ گوڈنچ وِزِ یِیلہِ سرکأری کاغذن اندر تہٕ سرکأری اعلان نامن اندر کأشرِ زبأنۍ ہُند ناو ہینہٕ آو۔ امہِ برۆنٹہہ چھنہٕ کٔشیرِ ہِندِس أٹھ شتھ وُہرس تحریری توأرېخس اندر اکھ تہِ مثال یِیتہِ شأہی ایوانن اندر کُنہِ یارازِ دربارن نِبر لیکھنہٕ آمتِس کُنہِ تہٕ تحریرس منز یا مسودس منز کأشرِ زبأنۍ ہُند ذِکر تہٕ کرنہٕ آمُت چُھ[1]۔"

یہِ چُھ پۆز زِ کأشرِ زبأنۍ ہِندِس ادبس خاص کٔرِتھ شأعری چُھ سٔتھہٕ ہے طویل توأرېخ ڈٕکھس۔ اتھ اندر چھےٚ قریبن ستن ہتن وٕرین دوران لیکھنہٕ آمژ اعلیٰ شأعری شأمِل۔ اَتھ منز چھےٚ للہِ ہِنز سِریت، شیخ العالمؒ سِنز دینیات، محمود گأمی، وہاب پرے، پیر عزیز اللہ حقأنی تہِ یِتھۍ نے درجہٕ واد شأعرن ہُند ناصحانہٕ کلامہٕ، حبہ خوتون تہٕ رۆسُل

---

(۱) کلچرل اکیڈیمی تہٕ کأشر زبان۔ بشیر اختر۔ شیراز جلد ۳ شمارہ ۱۔۲

میر ہوبن واریاہن شاعرن ہنز سرٕ ہیج تہٕ لولہٕ برٕژ مدمائتی لولہٕ وُ زِنی تہٕ عبدالاحد آزاد ہوبن کُرِژن تام بییاک شاعرن ہنز تیہِل توژھ بیترٕ موضوعی رنگا رنگی لبنہٕ یوان۔ یہ سورُے آسنہٕ باوجود تہٕ اُس اَتھ سلسلس اندر اکھ خاص چیز چ کمی سہ گوٚیہ زِ یہ اوس نہٕ ضابطہٕ بند۔ ۱۹۵۰ء پتہٕ ہیوٚت سانہٕ شاعروتہٕ تمن ستی ستی باقے قلمکاروتہٕ ادبی صنفن ہنزن ضابطہٕ بند ین پیٹھ ڈٕنٛتھ پاٹھی سوچُن۔ موضوعی معاملاتن ستی ستی آے ہیتی وَل تہٕ تخلیقی گون وبرٕھناونہٕ تہٕ تہٕ ورتاونہٕ تہٕ۔ اوٚتام اُس سانٛی شاعری مشرقی ژینن طرزن تہٕ باوٕژ طریقن آویزٕ مگر ووٚنی آیہٕ اَتھ اندر مغربی فکرتہٕ تہٕ فن تہٕ۔ شاعری منز آیہٕ غزلس تہٕ پابند نظمہٕ لرِ لوٚ رسانیٹ، معری نظم، آزاد نظم تہٕ نثری نظم بیترٕ بارٕسس۔ ابتدا ہس اندر آورآوی اَدیب تہٕ قلمکار ترقی پسندی ہنٛد بو موضوعو تہٕ کینٛہہ کال پتہٕ آو جدیدیتُک رُ وٕیہٕ بارسس یتھ اندر بےٚ پڑھی، قدرن ہُنٛد ڈُبہٕ ڈاس، فرسٹریش بیترٕ معاملات شاعری ہنٛدی موضوع مقرر کرنہٕ آے۔ یہ اوس یہٕ ذٕلہٕ زِتہٕ جتہٕ جوش یُس فائشن بنیو وتہٕ اَتھ خشارس منز دریو دخالِے کانٛہہ۔ سبٛھاہ کم قلمکار تہٕ سخنور دزٕ اے تِتھی یمو محکم پڑھہٕ پیٹھ قائیم روٗ زِتھ پنٛنی لےٕ ژھرا و۔ یمنٕہ کُرِژن تام شاعرن تہٕ سخنورن منز اُسی میر غلام رسول نازکی تہٕ شامِل۔ نازکی ہنٛدِ کلٛہم کلامُک مطالہٕ چاہے سہ تِہنٛد اُردو کلامہٕ چھُ یا کاشُر کرِتھ چھےٚ یہ کتھ واضح سپدان زِ تمو چھُ پننہٕ سوچن نٛہج اندر تہٕ تہٕ اظہارس منز تہٕ مشرقی مولن تہٕ رٕوِشن آے کونٛچھمُت تہٕ گوڈ بوٚ رمُت۔

میر غلام رسول نازکی ہنٛز شخصیت چھےٚ ہمہ جہت۔ سہ اوس اکھ نکتہٕ دان گاٹُل، اکھ باریک بین مُفکر، بہلہٕ پایک زبان داں تیمٕس نہ صرف پننہٕ ماجہٕ زبوٚ پیٹھ پوٗ رِ پوٗ ر دسترس اوس بٔلکہٕ یُس اُردوٗک تہٕ ووستاداوس۔ شاعری اندر پنٛن بیوٚن تہٕ نرل اسلوٗب تھاون وول ووستاد، نیک سیرت خداد وس تہٕ پاکباز عابد۔ نازکی ہنٛزن رُباعین منز باونہٕ آمٕت

گاٹہٕ جار چُھ مِثالو رٕنگی پیش کرنہٕ یوان۔

ترقی ہُنٛد یوہے رفتار اگر روٗد
یہ سأرٕے زندگی بنہِ اکھ مذاقا
دوہا بنہٕ روپیہِ سا سٕس ہٕن زِ کسی پوٗتی
لچھس روپیں سُوان آسن پوشاکھا

یہ آگہی، یہ انداز، یم خیال تہٕ یم الفاظ چھِ کلہُم پاٹھی نازکی ہٕنٛدِ اسلوٗ بکی پرٕزناون نشانہٕ بنان۔ میر غلام رسول نازکی ہٕنزِ زندگی تہٕ کارنامن متعلق ہناوپژھنتھ کتھ کرنہٕ بروٚنہہ چُھ مےٚ یہ وَنُن لأزم باسان زِ یہنٛز شخصیت چھ وار یاہ وٚسیع تہٕ امہِ کین مختلف پہلووَن پیٹھ چھ پی ایچ ڈی مقالہٕ لیکھنٕچ گُنجٲیش۔



# میر غلام رسول نازکی تہٕ تسٕنز زندگی

۱۔ حسب ونسب:

نازکی خانوادٕ چھُ کٲشِرِ ہِنٛدٕن اہم علمی تہٕ ادبی خانوادن منٛز شُمار سپدان۔ امہِ خانوادُک جدِ اعلیٰ چھُ میر نازُک قادری، یُس شہرِ سرینگرُکس قٲدی کدل محلس منٛز روزان اوس۔ پننہِ وقتُک بہلہِ پایہِ عالم تہٕ عابد میر نازک قادری اوس لُکن اندر سیٹھاہ مقبول تہٕ فقہی معاملن نِسبت اکھ بے بدل معتبر درویشِ کامِل۔ اَمی خاندانُک بیاکھ بُزرگ شرعی تہٕ صوٗفی معاملن ستی لوٚکھ خوٚے تھاوَن وول عالم تہٕ عابد میر مُصطفیٰ نازکی تہِ چھُ اکھ بہلہِ پایک تہٕ معتبر عالم اوسُمت تاہم آوتِمس ناسہٕ تر اسہٕ وقت باگہِ ییمہِ سببہٕ قٲدی کدل سرینگر ترٲوِتھ ماڈربنٛڈٕ پور ہجرت کرٕنی پییٚس۔ میر مصطفیٰ نازکی سُنٛد نکاح اوس اَمی خاندانکِس وٹلب زینہ گیر علاقس منٛز روزن وٲلِس میر سکندر نازکی سٕنٛزِ صاحب زادِ ستی سپُد مُت یَیمِس ساجدہ بانو ناو اوس۔ تہٕ ساجدہ بانو یہ زاو ۱۶/مارچ ۱۹۱۰ء کُیت میر غلام رسول نازکی۔

۲۔ زہنہٕ جاے:

توٲریخی شہادژ مطابق چھِ نازکی صاب قٲدی کدلہٕ سرینگرٕ ے زامتی۔ تاہم چھِ یہنٛدِ زہنہٕ پتہٕ صرف دوٚیہِ وُہری یہنٛدی بابہٕ صاٮ۪بن ماڈربنٛڈٕ پور ہجرت کرٕمٕژ تہٕ ماڈر گامسے اندر پھاپھلیوو میر غلام رسول نازکی۔ ماڈر چھُ پہاڑی سرے بنٛڈ پورُکس شمال

مشرقس منٛز واقع اکھ پُر فضا گام، یُس بنٛڑ پوٗ رِ کہِ بازرٕ پیٹھٕ کیٚے دوٗ ر چھ ۔ اَتھ گامس منٛز چھُ سہٕ مکانہٕ وُنہِ تہِ موجوٗ د یتھ اندر میر غلام رسول نازکی ین زندگی ہنٛدی ابتدٲیی وٕری گذٲری ۔

## ۳۔ تعلیم :

یتھ زمانس منٛز میر غلام رسول نازکی ین زایُن لوٚب سہٕ اوس أزکہِ زمانہٕ نِشہِ کتہِ کور مختلف ۔ أزکی ہی تعلیمی مرکزٕ تہٕ سکول کالیج بیترِ ہیٚکہٕ ہن نہٕ لوٗ کھ تصورس منٛز تہِ أنتھ ۔ گُنہِ گُنہِ خانٕ پیرِ گرس منٛز أسی لوٗ کھ پننٮن شُرٮن پندنامہٕ ، کریما نامِ حق تہٕ قرآنِ شریٖف بُنیأدی تعلیم دِوان ۔ نازکی صأبس تہِ آیہِ امی انمانہٕ ابتدٲیی تعلیم وتربیت دِنہٕ تہٕ تہٕنٛد اولین ووستاد اوس تہٕنٛد بابہٕ صأب میر مصطفےٰ نازکی ۔ بابہٕ صأبس نِش ابتدٲیی درس حأصِل کرنہٕ پتہٕ آیہِ تِم باضأبطہٕ پأٹھی مکتبس منٛز درج کرنہٕ تہِ اوٗ ٹھمہِ جمأژ ہُنٛد امتحان کوٚر رُکھ پاس ۔ ہنا بروٚنٛٹھ پہن پٕکِتھ کوٚر رُکھ ۱۹۲۵ء منٛز پنجاب یونیورسٹی لاہور پیٹھٕ مُنشی امتحان تہِ پاس تہٕ اَمہِ پتہٕ ۱۹۳۱ء منٛز کوٚر رُکھ فارسی زبأنی ہُنٛد دوٚیم امتحان مُنشی عألم پاس ۔ ۱۹۳۴ء منٛز ایف ۔ اے پاس کرنہٕ پتہٕ کوٚر رُکھ ۱۹۳۷ء منٛز ادیبِ فاضل ییٚمہِ خأطرٕ تِمن لاہور یونیورسٹی تہِ گژھن پیٚو ۔ دپان تِمن اوس تتہِ شأعرِ مشرق علامہ اقبال صأبس سمکھنُک ارادٕ یُس نہٕ صحت ناساز سپدنہٕ سببہٕ بعمل آکھ ۔

## ۴۔ ملازمت :

میر غلام رسول نازکی سپدی ۱۹۲۵ء منٛز تعلیمہٕ ہنٛدِس محکمس منٛز بحیثیتِ مُدّرِس تعینات ۔ ۱۹۴۳ء منٛز آیس وقتکِس ڈائریکٹر سکول ایجوکیشن خواجہ غلام السیّد ین ہنٛدی ذٕسی "تعلیم جدید" رسالچ ادارت تفویض کرنہٕ ، زٕ وٕری گژھتھ آیہِ ٹیچرز ٹریننگ سکول

سرینگر منتقل کرنہٕ پیٚتہٕ انڈر گریجویٹ ووستادن اُردوزبان ہیچھناونک تہٕ پرناوُنک فرض انجام دِوان روٗدی۔

کینژس کالس روٗدی بحیثیتِ اسسٹنٹ ڈسٹرکٹ انسپکٹر آف سکولز تہٕ فرایض انجام دِوان۔ ۱۹۴۷ءمنز سپُد مُلک تقسیم۔ سرینگرٕ آو ریڈیو کشمیر قائیم کرنہٕ۔ نازکی صاب آیہٕ گوڈٕ ریڈیو کشمیر جموٗس منز تعینات کرنہٕ تہٕ پتہٕ ریڈیو کشمیر سرینگرٕ۔ پیٚتہٕ تم مختلف پوسٹن پیٹھ فایز روٗدی۔ گوڈٕ پروگرام اسسٹنٹ پتہٕ اسسٹنٹ پروڈیوسر تہٕ کینٛہہ کال گژھتھ آیہٕ ترقی دِتھ پروگرام ایگزیکٹو بناونہٕ۔ پروگرام ایگزیکیٹو بننس ستی آے تم جموٗ، ناگپور تہٕ اندور بیترٕ جاین تبدیل کرنہٕ۔ یتھہٕ پاٹھی سپدی تم ژُتووہن (۲۲) ؤرین تعلیمٕ ہندِس محکمس منز تہٕ شُراہن (۱۶) ؤرین نشریاتی ادارن منز کأم کرنہٕ پتہٕ ۱۹۶۴ءمنز سرکأری نوکری نشہِ سبکدوش۔

## ۵۔خاندر:

میر غلام رسول نازکی أسی پننہِ ازدواجی زندگی نشہِ سیٹھاہ مطمئن۔ تمن أس عایشہ نأوی سیٹھہٕ نیک سیرت تہٕ پاکباز خاتون بحیثیتِ رفیق حیات عطا سپزٕمژ۔ اکھ خوش خلق، مہمان نواز تدّبر واجیٚنی تہٕ دوراندیش کأشر خاتون ییٚمی ہنزٕ رفاقت نازکی صأبس پننہِ کامیأبی ہُند اکھ اہم ؤسیلہٕ باسان اوس۔ عایشہ بانو سُند تعلق اوس کھو یہامہِ کِس مشہوٗر علمی تہٕ ادبی خاندانس ستی۔ یُہند بُڈی بب پیر غلام محمد اوس کٔشیرِ ہندِس ناماوار تأریخ دان حسن شاہ کھویہامی سُند لوکُٹ بوے۔ ماجہِ قبیلہٕ کِنہ تہٕ چھےٚ عایشہ بانو یہِ ہنزٕ کرأنی ہأنکل قابلِ توجہ بلکہِ قابلِ رشک۔ مشہوٗر نعت گو شأعر عبدالاحد نادم ہنزٕ کوٗر أس یمن نأنی۔ نازکی صأبن خاندر سپُد تمہِ وقتہٕ کہوٗ سمأجی تقاضو مطأبق ۱۹۲۶ء منز ییٚلہِ یم یہِ دٔہ زِ تہٕ شُری پانے أسی۔ خاندرٕ پتہٕ زندگی ہُند لوہ لنگر چلاونہِ باپتھ أسی نہٕ

حالات ساز گار۔ تاہم دوشۆنی بأژن ہُنٛد باہمی حوصلہٕ تہٕ خیالاتن ہُنٛد سمۆراراوس تہٕ یِمن زانٛہہ پس ہمت گژھنہٕ دِوان۔ مےٚ چُھ نازکی صأبن پانس وۆنمت زِ گرِ واجنہٕ ستی چھنہٕ مےٚ دُرس زندگی دوران کانٛہہ بڈ مُشکری گمُژ۔ بلکہٕ أسی تم یتہِ مانان زِندگی ہنٛدِس کرٕ تچھرس تہٕ دوکھن دادٕ بن تن دِلس منٛز روٗ دمیانہِ کھوتہٕ زۆر حوصلہٕ میانہِ آشنہِ ہُنٛد ے۔

''شہِ وٕنزٕہن (۵۶) ؤرِین میأنس دوکھس تہٕ سوکھس اندر شریک روٗ زِتھ۔
یتھ اندر تمہِ دوکھ زیادٕ تہٕ سوکھ سٕہٹھاہ کم وُچھ۔ تمہِ اوس پنُن وجود میأنس
وجودس اندر فنا کۆرمُت۔ تمِ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ سپُد مےٚ احساس زِ زندگی تہٕ اَچھ
تلخی کأژا کڈر چھ آسان۔ از گیہ لس پانژٕ ؤری۔ مےٚ ورأے ہیکہِ نہٕ کانٛہہ
اندازٕ کرِتھ زِ یم دوہہ کتھہٕ پأٹھی چھ مےٚ بسر گرِی متی۔'' (آوازِ دوست)

نازکی صأبس أس زنانہٕ زأژ ہنٛدِس مایہِ محبتس بل بترِس تہٕ رفاقتس پیٹھ محکم پژھ تۆے چُھن وۆنمت ؎

اگر حالات سپدِن ناموافق
دِہماغس کھے بہان بختس لگان زأج
خدا بۆزن خدا بۆزِن مہ رأوِن
جوانس کھٕہن ، بُڈس آشنِیٛ ،شُرِس مأج

## ۶۔ اولاد:

میر غلام رسول نازکی صأبس کرِی خدا این ستھ گبرتہٕ اکھ کوٗ ر عطا۔ پانہٕ اہلِ علم تہٕ صاحبِ ذوق آسنہٕ کنی دِژ کھ شُرٕ بن رٕژ تعلیم وتربیت تہٕ خداے پۆژُ کھ اَمہِ رنٛگی زِ پنٕنٕہن سارِنے شُرٕ بن ہُنٛد بہارتہٕ جہار وُچھکھ پننہِ زِندگی دورانے۔ یہنٛدی ترٛےٚ فرزند محمد فاروق نازکی، محمد اقبال نازکی، محمد ایاز نازکی چھِ اہل قلم۔ شأعری تہٕ کران تہٕ نثر تہٕ

لیکھان۔ فاروق نازکی چھِ اُردو تہٕ کاشُر زبانی ہُندٚ بٕن نمایندٕ شاعرن منٛز شامِل۔ یِمن چُھ باقٕے اعزازن سٟتۍ سٟتۍ ''نارہیوٚتُن کنزلونس'' کتابہِ پیٹھ ساہتیہ اکیڈمی ہُند ایوارڈ تہِ میوٚلمُت۔ فاروق نازکی روٗدۍ اہم عہدن پیٹھ فایز۔ یِمن اندر ڈپٹی ڈائریکٹر جنرل دوٗردرشن تہٕ وزیراعلیٰ سُندٚ مُشیر ہوٚی پُرکشش تہٕ حشمت والۍ عہدہ تہٕ شامِل چھِ۔ اقبال نازکی تہٕ ایاز نازکی روٗدۍ یونیورسٹی سطحس پیٹھ تدریسی فرایض انجام دِنس سٟتۍ سٟتۍ اہم انتظامی عہدن پیٹھ تہِ فایز۔ اقبال روٗدۍ کشمیر یونیورسٹی منٛز بحیثیتِ کنٹرولر امتحانات تہٕ مولانا آزاد اُردو یونیورسٹی ہِندۍ ریجنل ڈائریکٹر تہِ۔ یِم چھِ نفیس ترجمہٕ کار تہِ تہٕ کینٛہہ اہم تہٕ شُہرہ آفاق کتابہِ چھکھ کاشُرس منٛز پھِرمٕژ۔ ایاز رسول نازکیٛن چھِ جوٗمچہ زرعی یونیورسٹی منٛز بحیثیتِ رجسٹرار رٹایر تہٕ ازکل چھِ انڈین کونسل فار کلچرل ریلیشنز محکمہ کہِ سرینگر زونکۍ ریجنل ڈائریکٹر۔ یِم چھِ اُردو تہٕ کاشُر زبانی اندر شعر لیکھان۔ امہِ علاوٕ چُھکھ سفرنامہٕ تہِ لیوٗکھمُت، ترجمہ تہِ کرِ مٕتۍ تہٕ باقٕے نثری صنفن منٛز تہِ چھ اظہار خیال کران۔ بلال نازکی صاب چھِ مُلکہٕ کِبن اہم قانون دانن منٛز شُمار سپدان تہٕ یِم وٲتۍ مختلف عہدن پیٹھ فرایض انجام دِوان ہائی کورٹ کِس چیف جسٹس سٟنٛزِ قابلِ رشک پوزشنہٕ تام۔ یہُند بیاکھ فرزند وقار نازکی صاب روٗد جموں وکشمیر بنکس سٟتۍ وابستہٕ تہٕ اہم عہدن پیٹھ دِتکھ فرایض کامیابی سان انجام۔

ڈاکٹر طارق نازکی ین اوس میٹرک کرِتھ مالۍ سٟندِس وننس پیٹھ پالی ٹکنِک کالجس منٛز داخلہٕ نیوٗمُت۔ مگر تِس اَس نہٕ اَتھ سٟتۍ پانس دِلچسپی۔ یِمہ کِنۍ سُہ یِہ کورس اڑو تِرٲوِتھ واپس آو۔ امہِ پتہٕ کینٛہہ کال گُزٕرتھ کرِن ایم بی بی ایس ڈگری تہٕ لوٚگ انگلستانس منٛز بحیثیتِ ڈاکٹر کام کرنہِ۔ کینٛہہ ؤری بروٚنٛہہ سپدۍ تِم انگلستانس منٛزے رحمت حق۔ اِنَّ اللّٰہِ وَ اِنَّ اِلَیْہِ راجعون۔

ریاض الاسلام ناوی یہُنٛد بیا کھ فرزند اوس باغ بأنی ہنٛدِس محکمس اندر پنٛنی فرأیض انجام دِوان۔ نازکی صأبنہِ اولادن منٛز اَس سارِنے ژِٹھ تہٕنٛز کوٗر نادرہ۔ نادرہ جی ہُنٛد خاندر سپُد گُرو بنٛڑ پوٗرِکس أکِس تعلیم یافتہ لڑکہِ شیخ محمد سعید اندرابی صأبس سٟتی۔ تِم أسی علم دوست تہٕ نیک سیرت انسان۔

نازکی صأبس أس شُربن ہنٛز کأفی ماے تہٕ شُرِی تہٕ أسِکھ سٮ۪ٹھاہ قدر کران۔ مےٚ وونٛکھ أکِس کتھ باتھِ دوران زِ بہٕ چھُس خدایہٕ سُنٛد سٮ۪ٹھاہ شُکر گزار زِمےٚ چھ اولادن ہنٛز حوأ لی ہٮ۪تھ تہٕ مےٚ خدمت کرنس منٛز چھِ یِم اَکھ أکِس پٮ۪ٹھ سبقت ہیٚنی یژھان۔

### ۷۔ خولہٕ خط:

میر غلام رسول نازکی أسی دراز قد۔ جسم اوسُکھ سوٗتُر۔ رنگہٕ أسی تقریباً گولأبی۔ نس أسِکھ تھزتہٕ زیٚٹھ۔ أچھ پُرکشش تہٕ ڈٮ۪کہٕ مُسٹ۔ چِرِ سفید ریش اوس یہنٛدِس بُتھِس زیادے بارونق تہٕ پُرنوٗر بناوان۔ وُٹھن پٮ۪ٹھ اوسُکھ ہمیشہِ اَسن ہیوٗ پھولان۔ سنٛجیدٕ آسنہٕ باوجود أسی شوخ فکر تہٕ مُژھلی باسان۔ وجاہت تہٕ نفاست أس نہٕ یِمن صرف مزاجس منٛزے یوت بلکہِ اوس یہُنٛد جسم تہٕ امیُک أنہٕ تہٕ عکس۔

### ۸۔ پلو پوشاکھ:

میر غلام رسول نازکی أسی خوش باش آسنس سٟتی سٟتی خوش پوش تہٕ روزان۔ تہنٛدی پلو أسی نپہٕ نپہٕ کران آسان۔ ہمیشہِ أسی صاف تہٕ پاک پلو پوشاکھ لاگان تاہم أسی نہٕ زرق برق تہٕ مولٕلہٕن پلون لأری۔ بلکہِ أسی سادٕ تہٕ روأیتی قسمکی پلو لاگان۔ گرس منٛز أسی رہتہٕ کالس دوران کُرتہٕ پوجامہٕ تہٕ واسکٹ لاگان ییٚلہٕ زن وندس دوران پھیرن استعمال أسی کران۔ گرس منٛز أسی عموٗمن کلس کأشُر ٹوٗپی دِتھ آسان۔ اوِ یورنیر نہٕ پھیرنہٕ

وِزِ آسی قراقلی ٹوٗپ دِتھ نیران۔ یہُند دفتری لباس گیا وکھڑا پوجامہٕ تہٕ شیروانی۔ پلوٗ آسک کمے تھاوان۔ ہُر یمانہٕ پلوٗ آسی غریبن غرباتن منز بٲگراوان، ہلکہبسترِ آسی استعمال کران تاہم گُرٕ ھ نہٕ یہٕندس وتھرِنس کُنہِ جایہِ گێنز یا ڈوکھ آسنہٕ ۔شاند آسی نرم ہوان۔

## ۹۔ کھٮ۪ن چٮ۪ن :

میر غلام رسول نازکی اٗسی کم خور۔ کٲشرِ منز یُس روایتی کھٮ۪ن چٮ۪ن چلان چُھ تمہِ کی اٗسی قایل تہٕ زن گوٚ وصبحنس اٗسی نہٕ غار کٲشرٮ۪ن لوٚکن ہنٛدِ انمانہٕ ناشتہٕ کران۔ بلکہِ اٗسی عام کٲشری ہنٛدی پٲٹھی صُبحے نوٗنہٕ چایہِ پیٲلہٕ جوراتہٕ ژوچہ ہنا کھوٚان تہٕ دگرنس تہٕ اٗسی تھے پٲٹھی نوٗنہٕ چایہِ چوان۔ کالس تہٕ کٲجس گیا وبتہٕ۔تاہم اٗسی لپٹن چاے صبحس سُلہِ وٕتِھتھ چوان۔ اتھ سلسلس منز چھ یہٕندی فرزند ایاز رسول نازکی لکھان:

"چایہِ ہنٛدی اٗسی شوقین۔ صبحن اٗسی سکلی لپٹن چاے چوان یوسہٕ تم اکثر پنہٕ نِسے کمرس منز بناوان اٗسی۔ سپدان اوس یہ زِ چاے بناونک سورُے سامان اوس تٔمی ہنٛدِس کمرس منز کالے یوان تھاونہٕ۔ کمرس منز اٗس الیکٹرک کیٹل تہٕ موجوٗد آسان۔ سُہ اوس صُبحس اتھ پننہِ مرضی مطابق سٟچ دباوان تہٕ چایہِ پھکھ تراوان تہٕ چایہِ ہنٛدی زٕ دوٚیی دوٚیی پیٲلہٕ اوس قرآن مجید چ تلاوت کران کران وارِ وارِ چوان۔ اگر کُنہِ وِزِ اَسہِ منز تہٕ کانٛہہ تمہِ وِزِ نٕنٛد رِ روٗ وتھہِ ہے تہٕ تٔہنٛد کمرٕ کِنی نیرِ ہے۔سُہ اوس اندر بلاوان تہٕ پانس سٟتی چایہِ پیٲلہٕ چاوان۔ زیادٕ بُرتھ اٗسی نہٕ پیٲلہٕ بران بلکہِ اٗسی نہٕ تہٕ پسند کران۔" (شیرازہ اُردو غلام رسول نازکی نمبر صفحہ ۵۵)

میر غلام رسول نازکی اٗسی سبزی کم کھوان۔ مازتہٕ گاڈٕ آسکھ پسند۔ گاڈٕ اٗسی اکثر تٕلِتھ کھوان۔ موٚن ہُنٛد استعمال تہٕ اٗسی جان پٲٹھی کران۔ ووٚنی گوٚ وامبہٕ تہٕ ٹنگ اٗسِکھ زیادٕ ے پسند۔ کالچس اٗسی سُلی شونگان تہٕ صُبحس اٗسی سُلی ووتھان۔

### ۱۰۔مشغلہٕ:

میرغلام رسول نازکی سُند سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ شغل اوس لیکھُن پرُن۔ییٚتہٕ کانٛہہ نٔو کتاب یا رسالہ نظرِ گژھہِ ہیکہ یکدم اَسی حاصل کران تہٕ یوٚ تامتھ نہٕ پرِتھ موکلاوِ ہن توٚت تامتھ اوسکھ نہٕ تسلا یوان۔روزانہٕ اخبار پرُن اوسکھ معمول۔ریڈیو اَسی مسلسل بوزان۔خاص کر اوسکھ خبرٕ بوزنٕک انتظار روزان۔موسیقی تہِ اَسی بوزان۔اکثر اَسی کأشرٕ بٕن گیوٕن والین ہُند گیوٕن بوزان تہٕ کأشرٕ گیوٕن والیٚو منٛز اَسکھ علی محمد شیخ، محمد عبداللہ تبت بقال، راجہ بیگم، نسیم اختر تہٕ شمیمہ دیو ہنٛز آواز پسند یِیلہِ زَن اُردو گلوکارو منٛز مہدی حسن، نور جہاں تہٕ بیگم اختر ہٕندی گیوٕ ی ٕتی بأتھ زیادٕ پسند اَسکھ۔رسول میرٕنی تہٕ مہجورٕنی شأعری بوزِتھ اَسی وولسان۔اَمہِ حوالہٕ چھِ یہنٛز یہٕ رُباعی قابلِ غور۔

ونداہ، شیناہ، سماواراہ حماماہ

کونگاہ، ۂری ساہ تہٕ توٚت نُنہٕ چایہٕ داماہ

علی شیخاہ، حسن صوفیاہ، شمیماہ

رسوٗل میرُن تہٕ مہجورٗن کلاماہ

پانہٕ چھُکھ نہٕ زانٛہہ گینٛڈ مُت دِز وکمُت مگر کھیلن ستی اَسکھ سخ دِلچسپی خاص کر اَسی کرکٹ میچ کمنٹری ریڈیو پٹھہٕ سبٛٹھاہ دِلچسپی سان بوزان۔

### ۱۱۔زیرکی تہٕ حاضر جوأبی:

میرغلام رسول نازکی اَسی سبٛٹھاہ زیرک تہٕ حاضر جواب۔کُنہِ تہِ کتھِ ہُند جواب اَسی یکدم تمہِ انمانہٕ دِوان زِ بوزن وول اوس حارتن گژھان۔اَتھ سلسلس منٛز یم کینٛہہ دِلچسپ واقع زبان زدِ عام چھِ تِمن منٛز چھُ اکھ واقع یتھہٕ پأٹھی:

دپان اکہِ دوہہٕ اَسۍ پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ نازکی صأب بنڑ پورِ پیٹھہٕ سرینگر اَکۍ ہسہِ بسہِ منز سفر کران ۔ تِتھے یم شِلوتھ گامس نِشہِ واتی حاجنی صأبن پڑ وژھ نازکی صأبس ''یتھ گامس کیاناو؟'' ''شِلوتھ''۔ نازکی صأبن دیُتس جواب۔ شِلوتھ لفظ بوزِتھے وونُھس حاجنی صأب درجواب ''زنگہِ رٔٹتھ گلوتھ'' نازکی صأبن وونُس نہٕ اَمہِ پتہٕ بِلکُل کہیں تہٕ ۔گاڑی روز برونٹھ برونٹھ پکان یوٚتام یہِ شأدی پور واتہِ ژ۔ اوٚتن واتِتھ پڑ وژھ ووٚنی نازکی صأبن حاجنی صأبس ''یتھ گامس کیاونان؟'' ''شأدی پور''۔ حاجنی صأبن وونُنس درجواب۔ جواب بوزِتھٕے وونُھس نازکی صأب واپس زنگہِ رٔٹتھ گلوتھ حاجنی صأبن وونُنس یہِ چھےٚ نہٕ رلأنی۔ تہٕ نازکی صأبن وونُس کانہہ مزید بحث لاگنہٕ ورأے ژھوٚڈ پأٹھی واپس ''توتہٕ گلوتھ''۔

مےٚ چھُ زندگی منز یہِ شرف حأصل سپُد مُت زِمیأنس ہدایتس منز بنأو دوٗ دوردرشن سرینگرن نازکی صأبنہِ زِندگی تہٕ کارنامن پیٹھ دستاویزی فِلم۔ امہِ فلمہِ ہنٛز ریکارڈنگ کرنس دوران یم سوال مےٚ نازکی صأبس پڑژھی پرتھ سوالُک جواب اوس تیُٚتاہ برمحل، مُتأثرکُن تہٕ دِلچسپ زِ بہٕ اوسُس نہٕ واہ واہ کرنہٕ ورأے روٗزِتھ ہیکان ۔مثالے مےٚ پڑ وژھ تِمن ''موتس متعلق کیاحض تہُند خیال''؟

جواب: ۔ مرُن چھُنہٕ موت اِدٕنو زندگأنی
سبٛٹھاہ رِژ زندگأنی جاوِدأنی
بُڈس وسواس ئلو ہے ہے مرُن چھُم
بُڈس پزِ جل مرُن بُتھہِ چھس جوأنی

بیاکھ سوال ''جدید شأعری متعلق کیاحض تہُند خیال''؟

جواب: مےٚ ناحض چھُنہٕ ژُران فکرِ۔ یہِ سمجھنہٕ خأطرِ گژھہِ اعلیٰ ذہن آسُن ۔ بہٕ

چُھس نامُڑتوے آسم نہٕ فِکرِ تران۔

## ۱۲۔ مجلس آرائی:

میر غلام رسول نازکی اۄسی مجلس آرا۔ یتھ تہٕ محفلِ منٛز بہان اۄسی تتھ پٹھ اۄسی حاوی سپدان۔ یہُنٛد گُفتار تہٕ طرزِ کلام اوس سیٹھاہ مُتأثر کُن۔ کلام کرنس دوران اۄسی قرآنی آیات، احادیثِ مُبارک، حکائژ تہٕ شعر بیترِ موضوع کہِ مُناسبتہٕ تتھٕ کٔنی پیش کران زِ بوزن وألی اۄسی محظوظ تہٕ سپدان تہٕ مستفید تہٕ۔ یہُنٛد حلقۂ احباب اوس وارِیاہ وسیع تہٕ اتھ اندر اۄسی صاحب ذوق تہٕ دأنشور لُکھ شأمِل۔ اکہِ طرفہٕ اۄسی جگر مرادآبادی، فراق گورکھپوری تہٕ سکندر علی وجد ہوِ بن بہلہِ پایہِ اُردو سخنورن سٟتی تعلق دأری قأیم تھأوِتھ تہٕ دۆیمہِ طرفہٕ اۄسی مقأمی دوستن ہنٛز دوستی رٕژھراوان۔ نازکی صأبنین محفلن منٛز ووتھن بِہن واللین نِشہِ چُھ مےٚ بوزمُت زِ یتھے تِم بوٗلن ہوان اۄسی باقٕے سأری اۄسی کن دِتھ تہٕ ظوٗن تھأوِتھ ادبہٕ تہٕ شوقہٕ ذوقہٕ سان تِہنٛد مۆذُر، میوٗٹھ تہٕ نصیحت آموز کلام بوزان۔ تِم اۄسی کأنسہِ تہٕ سٟتی گفتگو کرنہٕ وِزِ نصیحت آموز تہٕ فأیدٕ بخش کتھٕ ونان۔ یہِ طریقہٕ اوس نہٕ دوستن، احبابن ہنٛزن مجلس تہٕ باقٕے رسمی تہٕ غأر رسمی تقریبن پٹھے یوت لبنہٕ یوان بلکہِ اۄسی یِم پننِس گرس منٛز تہٕ شُربن بأژن سٟتی ووتھنس بِہنس دوران یہِ طریقہٕ ورتاوان۔ اتھ سلسلس منٛز چھِ بلال نازکی صأبنی لیکھی مٕتی یِم الفاظ قأبلِ غور:

> "بابہٕ صأبُن خاص عادت اوس زِ تِم اۄسی ناشتہٕ پننین شُربن سٟتی کران۔ اتھ خاصہٕ مجلسہِ منٛز اوس اَسہِ سارِنٕے ہُنٛد حأضر آسُن ضروٗری۔ اتھ مجلسہِ منٛز اوس اَسہِ تِمٕ ہِنٛدِ بن ارشاداتن تہٕ احکامتن ہُنٛد فأیض حأصل سپدان۔ پرٛتھ دۄہ اوس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ نوٚو موضوع یِیٚو کتھ آسان۔ قرآن، اسلام، ادب تہٕ اخلاقس پٹھ سٟتی درس چھِ اَسہِ یِمن مجلسن منٛز بوزی مٕتی۔ اَسہِ منٛز

اوس نہٕ کأنٛسہ تہِ بیٚنہِ بأے درساً فارسی پوٚرمُت۔ بلکہِ چھُ یہِ اَمی مجلسہِ ہُنٛد
اعجاز زِ اَسی چھِ فارسی زبان تہٕ ادب تہِ گنہِ حدس تام زانان"۔
(شیرازہ اُردو۔ میر غلام رسول نازکی نمبر صفحہ ۶۲)

## ۱۳۔ صوم وصلوٰۃ:

میر غلام رسول نازکی اَسی اہلِ عقیدت۔ مختلف علوم۔ یتھ منٛز مغربی علم تہِ شأمل چھُ پرنہٕ باوجود تہٕ مختلف مُلکن (یِمن منٛز امریکہ تہٕ انگلستان تہِ شأمل چھِ) ہُنٛد بار ہا سأل کرنہٕ باوجود رؤ دی تِم پنٛنہِ عقیدِ چ پأروی شو دِمنہٕ تہٕ مُسلسل پأٹھی کران۔ پانٛژھ وقت نماز، روزدأری تہٕ باقٕے شرعی احکام اَسی پابندی سان پالان۔ تِمو اوس امی انمانٛک طرزِ زندگی تہِ پانٕووُمت۔ صبحنس سٮ۪ٹھاہ سُلہِ یعنی گزل وقتہٕ ؤتِھتھ اَسی سر بہٕ سجود سپدان۔ ذکرواذکار تہٕ وظیفہٕ پرنہٕ علاوٕ اَسی تلاوتِ قرآن مجید تہِ مُسلسل پأٹھی کران۔ سُلہِ وو تھنِکِس اہمیتس تہٕ اِفأدیتس متعلق چھأ کس ربأعی منٛز ونان۔

شُبک حأصل پٮ۪ٹمہِ پہرُک مناجات
چھِ أتھی ساتس اندر آسان فتوحات
خبردار! یُتھ نہٕ أتھی ساتس گژھی ژِھنٛب
ژبتس تھاوِ ژوٚرٕ ہنٛز گرأچھ ہنٛز رات

نازکی صأبس اَس یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ بر پور پژھ زِ یہِ دُنیا چھُ عارضی تہٕ اصلی زندگی چھےٚ مرنہٕ پتہٕ شروع گژھان۔ تہنٛز یہِ پژھ تہٕ پژھ چھ تہنٛدِس کلامس اندر جایہِ جایہِ ٹاکارٕ پأٹھی دریٚنٛٹھی گژھان۔

نماز ہرگاہ کرکھ قأیم بہ اخلاص
گژھی جأری أچھو کِنہٕ اَشہِ بدل رتھ

یتھے سجداہ چھ ایماندار لۄکن
تمن الفحشاءِ والمنکر رٹان پتھ



أچھن ہُنٛد گاش بینائی چھ قرآن
پُر از حکمت تہٕ دانائی چھ قرآن
رفیقِ رنج و راحت ، دافعِ غم
انیسِ کُنجِ تنہائی چھ قرآن



کُفیلاہ چُھم نہٕ کانٛہہ جُز حق تعالیٰ
وٗسیلاہ چُھم نہٕ جُز یاسین والصّاد
خدایا میٲنۍ دُشمن زنٛدٕ تھاوُن
تہِنٛدِ شرٕ چھم پیوان اکثر خدا یاد

## ۱۴۔سفرِ محمود:

میر غلام رسول نازکی صاَبس سپُد ۱۹۶۷ءمنٛز پننہِ گرواجنہِ ہمراہ حجِ بیت اللہ نصیب۔ یہ اوس سُہ زمانہٕ ییلہِ سمندری جہازس منٛز طویل سفر کرِتھ حجس گژھن پیوان اوس۔ یہِ سفر اوس صبر آزما آسان۔ نازکی صاَب تہٕ تٔہنٛز اہلیہ سپدی ۵ جنوری ۱۹۶۷ء سرینگر پیٹھ بسہِ منٛز روانہٕ تہٕ پٹھانکوٹ وٲتِتھ گٔژی ممبیہ گژھنہٕ باپتھ ٹرینہِ۔ ۱۷ جنوری دژ ایہِ مظفری ناوِ کِس آبی جہازس منٛز ممبیہ پیٹھہٕ تہٕ ۲۵ جنوری وٲتی جدہ شریف تہٕ ۲۶ جنوری مکہ معظّمہ۔ حجکی سارۍ لوٲزمات بہ حُسنِ خوٗبی انجام دِتھ وٲتی ۱۹ اپریل ۱۹۶۷ء واپس گرٕ۔

اَتھ سفرس دوران لیٚکھۍ ناز کی صأبن پننین شُرہن بأژن ، رشتہٕ دارن تہٕ احبابن کینٛہہ خط یِمن منٛز تِمو امہِ سفرٕک اہم حالات و واقعات درج کٔری مٕتۍ چھِ ۔ اکھ لیٚو کھٕکھ واپس یِتھ ''سفر نامہ حجاز'' یتھ منٛز سفرس دوران سپدی مٕتۍ سأری واقعات ، تجربات تہٕ مُشأہدات بأنہٕ بأنہٕ تہٕ تفصیلہٕ سان درج کرنہٕ آمٕتۍ چھِ ۔ یہُند یہ روداد ِحج چُھ ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس ''سون ادب'' ۱۹۷۵ء ناٚوی سالنامس اندر شایع سپدُمت ۔ پتہٕ کوٚر غلام نبی آتشن اَتھ اُردو ترجمہٕ ، یُس ''شیرازہ: میر غلام رسول نازکی نمبرس'' منٛز شایع گوٚمُت چُھ ۔

## ۱۵۔ انگلستانُک دورٕ:

میر غلام رسول نازکی ہنٛدی فرزند محمد طارق نازکی أسی کینٛژس کالس انگلینڈس منٛز بحیثیتِ ڈاکٹر کأم کران ۔ اتھ دوران کوٚر میر غلام رسول نازکی صأبن ترِیٚہ پھِر انگلستانُک دورٕ ۔ گوڈ گٔیہ ۱۹۸۲ء منٛز اَمہِ پتہٕ ۱۹۸۶ء منٛز تہٕ ترییٚمہِ پھِر ۱۹۹۱ء منٛز ۔ تِم گٔیہ تتہِ واریاہن جاین ۔ کہی یاہن لائبریرین ہُنٛد کوٚر رُکھ دورٕ یِیٚتہٕ تِمو مختلف موضوعن پیٹھ لیٚکھنہٕ آمژن کِتابن ہُنٛد مطالعہٕ کوٚر ۔ شُہرہ آفاق کیٛو گارڑن گٔیہ یِیٚتہٕ دُنیاکِین بِسیار گُلن ہنٛدی قِسم موجود چھِ ۔ برِٹش میوزِیم وُچھکھ ۔ انڈیا آفس لندنہٕ تاریخ حسنٕک اصلی مسودٕ وُچھتھ گٔیہ سٹھاہ خوش ۔ مشہور شأعر شیکسپیئر تہٕ وارڈس ورتھ سنٛزٕ آخری آرام گاہ وُچھکھ ۔ یِمن دورن دوران کٔر نازکی صأبن کہی یاہن ادبی محفلن ، مشأعرن تہٕ کانفرنسن منٛز شرکت ۔ اکھ سپدُکھ دُنیا چن واریاہن ناماوار شخصیژن تہٕ شأعرن سٕتۍ ملاقات یِمن منٛز غلام علی بُلبُل ، محمود ہاشمی ، افتخار عارف ، ڈاکٹر جعفر ، سید ضمیر جعفری ، جگن ناتھ آزاد بیترِ خاص پأٹھۍ قأبلِ ذِکر چھِ ۔

## ۱۶۔وفات:

میر غلام رسول نازکی سپدی ۱۸ ذی الحجہ ۱۴۱۸ھ مطابق ۱۶ اپریل ۱۹۹۸ء برٛسہٕ وارِ دوہ شامہٕ چہٕ سوا دِستہٕ بجہٕ واۂصِل حق۔تم آیہٕ شہر سرینگرٕ کس ملہٕ کھاہ مزارس منٛز کاٹھی درواز دھرم سالہٕ اَژٕوُن کھوٗوٗری کنِہٕ ہارِ پربت محبوب العالم شیخ حمزہ مخدومؒ صاۂبنس استان دامنس تل اَکس حاطہٕ بند منتخب گوشس کُن پننہٕ آشنہٕ لرِلوٗ راوسوٕ کرنہٕ۔نازکی صاۂب اَسی قطعۂ تاریخ لیکھنس منٛز ماۂہر حالانکہٕ تموٗ اَسی پننہٕ باپتھ پانہٕ سالِ وفات منظوم کرِتھ تھاۂوی مِتی۔مرحوم سید رسول پونپری چھُ یمن قطعہ ہائے تاریخن ہُنٛد یتھہٕ کنٛی ذِکر کوٗرمُت:

''نازکی صاۂب اوس برونٛھے قبرٕ سرِتھ تہٕ انکساۂری سان تورٕکس نادس تیوٗت پژاران زِ عربی تہٕ فارسی دوشوٕنی زبانن منٛز اوسُکھ مرن سنہٕ (قطعۂ تاریخ) گنڈِتھ تھوٗمُت،یُس یتھہٕ کنٛی چھُ۔

عربی: اَللّٰھُمَ انِس وَحشتی فی قبری یا حمید

۱۴۱۶ھ

فارسی: یارب از ما سوا ملولم کُن
با ہمہ معصیت قبولم کُن
سالِ وصلم ازیں دعا دریاب
''جان نثارِ رہِ رسولم کُن''

۱۴۱۶ھ

وٕری جوراپیٹھی بیوٗس تورٕکس نادس پژارُن تہٕ مےٚ اوسُن وٕنتھ تھوومُت زِوٕریزٕ وٕری پھیرٕ گرٛھنہٕ کس صورتس منٛز پُشرٕاۂوزِ بس تمی حسابہٕ عددتہٕ......سوواۂ ژنہٕ واۂری تہٕ

تمۍ اوس پٔژن کاشُر قطعۂ تاریخ تہٕ گٔنڈِتھ تھووُمُت تہٕ مزار پٮ۪ٹھ آو پتہٕ یوٚہے قطعۂ تاریخ کھننہٕ۔

جُمعہ اوس شب اَرداہُیم ماہِ حج
یہ ردِ خلایق ژٕرے کوٚر تھٕن قبوٗل
اما کیا سنا اوس سالِ وفات
ونان گوٚ ''شفاعت کرُم یارسولؐ'' ۱۴۱۸ھ

(مےٚ مشہِ نہٕ زانٕہہ: ص: ۱۰، ۱۱)



# تصانیف

## شعرگوئی ہُنٛد ابتدا:

میر غلام رسول نازکی اُسی نہٕ صرف نمایندٕ شاعر بلکہِ عالم وفاضِل آسنہٕ علاوٕ بہلہِ پایہِ نثر نگار، براڈ کاسٹر تہٕ ترجمہٕ کار۔ تِم اُسی اکی وقتہٕ فارسی، اُردو تہٕ کأشُر، ترێشہٕ وٕنی زبانن منٛز لیکھان۔ تِمو چُھ شعرگوئی ہُنٛد ابتدا الوچہِ وأنسہِ منٛز کوٚر رمُت، گوڈٕ لیکھی تِمو اُردو تہٕ فارسی زبانن منٛز شعر تہٕ یِتھٕ کألی پھیری کأشرِ زبأنی کُن، یتھ منٛز پٔنُن اکھ منفرد اسلوٗب، آہنگ تہٕ مزاژ قأیم کٔرِتھ کأشرِ شأعری اندر مانہِ سوو بُرٕژر کوٚر رُکھ۔ میر غلام رسول نازکی ہِنٛدِ وأصِل حق سپدنہٕ پتہٕ نوِ داہہِ وُہری سپز تِہنٛدِس فرزند ایاز رسول نازکی یَس والدِ بزارگوار سنٛز اکھ پرأنی بیاض دستیاب۔ امیُک ذِکر، تبصرٕ تہٕ تجزیہِ کران چُھ ایاز رسول لیکھان:

> ''اَتھ بیاضہِ منٛز شأمِل غزلن تہٕ نظمن چُھ جایہِ جایہِ ''مطبوعہ'' لیکھتھ، کُنہِ کُنہِ جایہِ چھُس یہِ تہٕ لیکھِتھ زِ کوسہٕ نظم یا کُس غزل کتھ رسالس منٛز کرِ چُھ شایع سپدمُت۔ تأریخ کہِ اعتبارٕ یوسہٕ گوڈنچ تخلیق اَتھ بیاضہِ منٛز درج چھےٚ، سو چھےٚ ۱۹۸۲ بکرمی منٛز لیکھنہٕ آمٕژ اکھ غزل۔ ۱۹۸۲ بکرمی چُھ عیسوی حسابہٕ لگ بھگ ۱۹۲۶ء بنان۔ نازکی صأبُن زاسنہٕ چُھ ۱۹۱۰ء لہٰذا چھِ تِم یہِ غزل لیکھنہٕ وِزِ صرف شُراہ وُہری آسان۔ ۱۹۲۶ء منٛزے چھِ تِم سرکأری مُدرس تہٕ تعینات سپدی مٕتی۔ لہٰذا ہیکہِ یہِ وننہٕ یِتھ زِ یہے چھےٚ تِہنٛز گوڈنچ

تخلیق۔ اَتھ چھِ پانژھ شعر مگر دوّیمہِ شعرُک دوٚیم مصرعہ ہیوٚک نہٕ پرِنہٕ یتھ۔ غزل چھےٚ یہِ

''دِل تڑپتا ہے ترے ہی عشق میں اے نازنین
گرچہ دُنیا میں بہت سارے ہیں تجھ سے مہہ جبین
ہے تمنا دیکھ لوں تُجھ کو کسی دم خوش خصال
ہر گھڑی ہو مُنہ چڑھے ماتھے پہ بل ابرو بہ چین
تن بدن میں لگ رہی ہے روز و شب اِک آگ سی
جب سے مُجھ سے دور ہے اس بُت کا روئے آتشین
خوش رہو نازُک کہ ہے نزدیک وصلِ دِلبرُبا
لیکن کہدو اَن یشاء اللہ ربُ العالمین''

(شیرازہ: میر غلام رسول نازکی نمبر: ص:۳۱۹)

اما پوٚز نشاط انصاری سُند وَنُن چھُ زِ نازکی صاُبن گوڈنیُک اُردو غزل گوٚو ہمایوں رسالس منٛز شایع، یتھ متعلق نواب جعفر علی خان اثرہوی شاعرن وٚون زِ یہِ چھُ تِمس شاعرِ سُند کلام یمٚی ہنٛز ماجہ زبو اُردو چھےٚ نہٕ مگر تو تہِ چھُ یہ کلام غلطیو نِش صاف۔ اَمہِ غزلکی کینٛہہ شعر چھِ یم

اس شوخ کو کیا دیکھا آنکھوں میں سمٹ آئی
کشمیر کی شادابی ، شیراز کی رعنائی
ہر شے کی حضوری میں جھکوادیا سر میرا
اے ذوقِ جبین سائی ، اے لذتِ رسوائی
سوکھا ہوا سبزہ ہوں گُلزارِ محبت کا
کب سایہ فگن ہوگا وہ سروِ دلارائی

نازکی صاُبن اُسی ۲۶-۱۹۲۵ء منٛز مڈل تہٕ پنجاب یونیورسٹی ہُنٛد مُنشی ، دوٚنوے

امتحان پاس کٔرِ تھٕ تہٕ آمہٕ پتہٕ آسی تمہٕ سرکأری مدرس تعینات سپدی متی۔ یتھ پرائمری سکوٗلس منٛز تمہٕ تعینات سپدی، تتھ منٛز اوس اکھ شاندار لائبریری۔ ناز کی صأبن چھُ پانہٕ لیوٗکھمت زِ:

''مےٚ چھُنہٕ معلوم زِ یمہٕ کتابہٕ کمی آسہٕ تتھ لائبریری منٛز تھاونہٕ آمژٕ، مگر میانہٕ زندگی منٛز یُس نوٚو موڑ آو، سُہ آو امی لائبریری ستی۔ اَتی پٔرمےٚ مولوی نذیر احمدنہٕ توبتہ النصوح، ابن الوقت، فسانۂ مُبتلا، رتن ناتھ سرشارنی فسانۂ آزاد تہٕ مولوی محمد حسین سنٛز آبِ حیات بیترِ کتابہٕ۔ مےٚ چھُ وُنہٕ یاد آبِ حیات اُسم کم وبیش حِفظ گمژٕ۔ اَتھی زمانس منٛز کٔرمےٚ اُردو زبأنی منٛز شعر گوئی شروٗع۔ گوڑٕ گوڑٕ لیکھِم غزل مگر تمہٕ دورٕچ سأری غزل کٔرم ضایہٕ۔ وُن چھُنہٕ مےٚ تمو منٛز کانٛہہ غزل یا کانٛہہ شعر یاد۔ ۱۹۵۳ء تان اوس صرف اُردو تہٕ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ فارسی زبأنی منٛز شعر لیکھان۔ امہٕ پتہٕ لیوٗکھم کأشرِ زبأنی منٛز۔ فارسی زبأنی منٛز لیوٗکھُم واریاہ کم مگر شاید گژھہٕ نہٕ یہ وَنُن خود ستائی زِ امیُک معیار چھُ واریاہ تھوٚد۔ ماسکوہس منٛز سپُد نمایندٕ فارسی ادبُک اکھ مجموعہٕ شایع، اَتھ منٛز اوس میٚون اکھ غزل تہٕ شأمِل''۔

(غُبارِ کاروان: شیرازہ، میر غلام رسول ناز کی نمبر ص: ۷۱: ۳۶۶)

ناز کی صأبن کٔر گوڑنچہ لٹہٕ ''انجمن اخوان الصفاء'' کہ اہتمامہٕ منعقد کرنہٕ آمتس مشأعرس منٛز شرکت۔ یہ تنظیم اٚس نامور شأعر مُبارک شاہ فطرت صأبن بنأومٕژ، تہٕ ۱۹۳۸ء منٛز اوس اکھ خاص مشاعرٕ اٚہندی گرِ منعقد کرنہٕ آمُت۔ یتھ منٛز احسان دانش، حفیظ جالندھری، روش صدیقی تہٕ مولانا محمد سعید مسعودی بیترِ نأمی گرأمی شأعر شأمِل اٚسی۔ یُس غزل ناز کی صأبن پٔرتھ تمیُک مطلع چھُ یہِ

جہاں جاتا ہوں پہلے حال کہتا ہوں حسینوں کا
ادب کرتا ہوں ان کا شانۂ دِل کے مکینوں کا

سارِوے دیُت نازکی صائبَس کلامس دادتہٕ تِمن ہُر یو حوصلہٕ ۔ وُن لۆگ تِہُنْد کلام زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اخبارن منٛز شایع سپدنہٕ ۔ یوٚہے اوس وق ییٚلہِ نازکی صائبنٛ اُردو شاعری قبوٗلیتُک بلکہِ مقبوٗلیتُک درجہ پراونہِ لٔج ۔ مُلکہِ کِہن ناماوار ادبی رسالن منٛز سپُد تِہُنْد کلام شایع، یِمن منٛز ہمدرد سرینگر، کلیم، ادبِ لطیف تہٕ ادبی دُنیا بیترِ رسالہٕ خاص اُسی ۔ دپان نازکی صائبنٛ گوڈنچ نظم ''ایک اندھی لڑکی کی دُعا'' سپٕز گوڈنچہِ لٹہِ کلیم رسالس منٛز شایع، ییٚمُک ایڈیٹر جوش ملیح آبادی اوس ۔ یہ نظم گٔر کلیم پتھہٕ نقل کٔرِتھ بییٚہِ تہٕ کینٛژ و رسالو شایع ۔ امہِ نظمہِ ہنٛد بوٚژورو بندو منٛز چُھ نموٗنہٕ خاطرٕ اکھ بندپیشِ خدمت

لوگ کہتے ہیں کہ رنگوں کے کئی اقسام ہیں
سُرخ ہیں، کالے ہیں، پیلے اور نیلی فام ہیں
اور ان رنگوں سے وابستہ ہزاروں کا م ہیں
مُجھ کو کیا؟ یہ آنکھ والوں کے لئے انعام ہیں
یہ تمنا ہے کہ اپنی ماں کی صورت دیکھ لوں

بہر حال چھےٚ یہ کتھ مستند زِ نازکی صائبس اوس شعر گوئی ہُنْد شوق و ذوق لۆکہِ پانے پھبنہِ تہٕ کاڑ کڈنہِ لۆگمُت، تِہنٛز گوڈنچ تخلیق کوسہٕ اُس تتھ متعلق روزِ تحقیق سپدان مگر لۆچہ وأنسہِ منٛز ےتھدِ پایہِ کِہن اُستاد سخن ورن لرِ رۆزِتھ پننہِ تخلیق کأری ہُنْد اعتراف کرناوُن چھنہٕ گف کتھ۔

## اُردو تصانیف

### ا۔ نزاکت:

دپان میر غلام رسول نازکی سُنْد ابتدأئی اُردو کلام اوس واریاہ کال بروٚنٛہہ شایع سپُدمُت، اُتھ مجموٗعس اوس ناو ''نزاکت'' ییٚمُک پیشِ لفظ نند لال کول طالبن

لیۆکھمُت اوس۔ تریلوکی ناتھ رینہ ہن چُھ کأشرِ ادبہٕ کِس موخصر توأرٛیخس A History of Kashmiri Literatureمنٛز ،یُس ساہتیہ اکاڑمی ہِندِ اہتمامہٕ شایع سپُد مُت چُھ ،اَمہِ مجموعُک چھپن سنہٕ ۳۳-۱۹۳۲ء لیۆکھمُت۔ اماپوٚز پانہٕ نازکی صأبن چُھنہٕ کُنہِ جایہِ تہِ امیُک ناوہیوٚتمُت تہٕ یہ گوڈنیُک شعرِ مجموٗعہٕ مانہٕ نہٕ تیٚنٛج چھنہٕ کتھے۔اَمِچ کانٛہہ کأپی چھنہٕ ازتام دستیاب سپٕز مٕژ ، ہرگہ کُنہِ دوہہ دستیاب سپدِ ، سُہ کرِ نازکی سنٛز شأعری ہِندِس ابتدأیی دورس مُتعلق سوالن ہِندی جواب بہم۔ کتھ گژھِ واضح زِ یوسہٕ بیاض ایاز نازکی یَس اَتھِ آیہِ ،تتھ منٛز درج کلام ما اوس نزاکتس منٛز شأمِل کرنہٕ آمُت ،بہرحال واللہ العلم باثواب۔

۲۔دیدۂ تر:

''دیدۂ تر'' شعرِ مجموعہٕ سپُد ۱۹۴۸ء منٛز شایع۔ اتھ منٛز چُھ سُہ کلام شأمِل ،یُس نازکی صأبن ۱۹۲۸ء پیٹھہٕ ۱۹۴۸ء تام کٲبن وُہن وٕرِین دوران تخلیق کوٚرمُت اوس۔ اَتھ اُردو شعرِ مجموعس چھِ ۱۳۶ صفحہٕ تہٕ ترٛےٚ باگیہٕ۔ زِ تووُہو غزلو تہٕ وُہو نظمو علاوٕ چھِ اَتھ منٛز ۱۰۶ ربأعیہ تہٕ قطعہٕ۔شُراہن صفن پیٹھ پھٔہلتھ پُرمغز پیشِ لفظ چھُس میرغلام محمد طاؤس پانپوری ین لیۆکھمُت۔یتھ منٛز ہیٚوٚ کتھو علاوٕ تِمو لیۆکھمُت چُھ:

> ''از چھِ تِم (نازکی صأب) گوڈنیچہ لٹہِ پنُن مجموعۂ کلام شایع کرناوان۔ تِہنٛدِ غمُک خوش گوار تصور ، یُس اُردو شأعری منٛز فانی مرحومن مستقِل موضوع رٕنگی ورتوو ، چُھ قنوطیت تہٕ یاسیات کہِ قدیم تصوٕرِ نِش بلکُل بیٚون۔ یہ غم چُھنہٕ انسانس بےعملی یا زندگی نِش لوٚب ہیٚنٛس کُن مأل پھِران۔ نازکی یس نِش چُھ غمُک یہ تصور یٔت کارفرما زِ یوٚہے تصوٗر چُھ بندس تہٕ خدایس درمیان وجہٕ ارتباط بنان تہٕ نازکی یَس نِش چُھ روح چہِ

بالیدگی باپتھ غمگین دِلُک ضروٗرتھ''۔ (دیدۂ تر: پیشِ لفظ)

دِل عموماً اداس رہتا ہے — وقف حرمان و یاس رہتا ہے
چھوڑ جاتے ہیں ساتھ جب ساتھی — ایک غم ہے جو پاس رہتا ہے



غم کو تم نے کیا سمجھ رکھا ہے میرے ہم نشین
روح کو شاداب کرتا ہے دِلِ اندوہگین

## چراغ راہ:

''چراغِ راہ'' نعتیہ کلامُک مجموٗعہٕ کوٚر نازکی صأبن ''دیدۂ تر'' پتہٕ برابر اکتأجی وٕری گژھتھ ۱۴ر۱ر اکتوبر ۱۹۸۹ء کُیت شایع۔ نازکی أسی عاشق رسولِ عربی صلی اللہ علیہ وسلم، تہُنٛد حُب تہٕ لول، عقیدت تہٕ احترام اوسُکھ رُمس رُمس منٛز بُستھ یتھ نہٕ کانٛہہ انتہا اوس۔ اُردو، فارسی تہٕ کأشرِ زبأنی منٛز چھِ تمو مختلف صنفن منٛز بے بہانٛدِ بأنی نعت لیکھی مَتہٕ أکِس خاص اندازس تہٕ اسلوٗبس منٛز بیان کرنہٕ آمٕژ۔ تہنٛزِ نعتیہ رُباعیہِ چھےٚ سانہِ باپتھ خاص ارزتھ، یوسہٕ ہمیشہٕ دِل تہٕ شِل شہلاوان روزِ تہٕ عشقِ رسولُک ذوق تہٕ شوق ہراوان روزِ۔ یمن منٛز غلو چھےٚ نہٕ، یم خداشنأسی، رسولؐ شنأسی تہٕ صحی دین فہمی ہُنٛد اکھ موٗثرٕ وسیلہٕ تہٕ چھِ۔ ''چراغِ راہ'' مجموٗعس منٛز چھِ الہٕ پلہٕ ۱۱۷ نعتیہ ژُمصر أے، یم صرف أٹھن دوہن منٛز تخلیق کرنہٕ آمتہٕ چھِ۔ یمن ہنٛزِ تخلیقی عملہِ متعلق نازکی صأبن امہِ شعرٕ مجموٗعہٕ کِس دیباچس منٛز لیوٚکھمُت چُھ:

> ''میٛون اُردو شعرٕ مجموٗعہٕ ''دیدۂ تر'' چُھ از برونٛہہ ژتجی وٕری شایع سپُد مُت۔
> یہ نسخہٕ چُھ ووٚنی نایاب۔ اِرادٕ کوٚر رُم زِ ''دیدۂ تر'' مجموٗعُک اکثر حِصہٕ تہٕ اَمہِ
> پتہٕ لیکھنہٕ آمُت کلام دِمہٕ ترتیب، اتھ کامہِ تُلُم دس تہٕ۔ ہنگہٕ منگہٕ سپُد اکھ
> واقعہٕ، یمہِ سٟتی میٛون ارادٕ بدلیوو۔ سپُد یہ زِ ۱۹ر جون ۱۹۸۹ء ییٚلہِ بہٕ نیٚنٛدرِ

وۆتھس ،بلا ارادٕ آیم زبوٚ پیٹھ یم ژور مصرعہٕ'' ۔

پھول کھلتے ہیں خار زاروں میں
جب میں ذِکرِ رسولؐ کرتا ہوں
دین و دُنیا کی نعمتیں پا کر
نقد قیمت وصول کرتا ہوں

اَمہِ قطعٕک روٗ دُم ذہنس پیٹھ زبردست اثر، اُتھی بحرِ منٛزٕ وُ زیایہٕ وار یاہ قطعہ، یم نعت رسولؐ اَسی ۔ ۲۶ جون ۱۹۸۹ءتام اوس یمن قطعن ہُند تعداد ہتہٕ پیٹھی ۔ مےٚ کوٚر فأصلہٕ باقٕے اُردو کلام شایع کرنہٕ بروٚنہہ کرٕ بہٕ پنٕن نعتیہ کلام شایع ،یتھ منٛز یم قطعات تہٕ شأمِل آسن'' ۔ (اُردو پیٹھہٕ ترجمہٕ)

''چراغِ راہ'' منٛز کینٛہہ نعتیہ رُباعیہٕ ۔

یہی ہے حفظِ مراتب، یہی ہے راہِ ہُدیٰ
خدا خدا ہے، رسولِؐ خدا، رسولِؐ خدا
رسول بندۂ مطلق، خدا سمیع و بصیر
نہ یہ خدا سے جُدا ہے نہ وہ نبی سے جُدا



ہم بھلا کیا لکھیں گے نعتِ رسولؐ
نعت ہی نعت ہے خدا کی کتاب
آپ کی مدح سورۂ حجرات
نون، یٰسین، انبیاء، احزاب



دین میرا شوقِ پابوسِ رسولؐ ہاشمی
عشق میرا رقصِ طاوسِ رسولِؐ ہاشمی
میری عزت خواجۂ یثرب کی عزت پر نثار
میرا مذہب حفظِ ناموسِ رسولِؐ ہاشمی

## متاعِ فقیر:

متاعِ فقیر شعرِ مجموعہٕ سپُد ۱۹۹۶ءمنٛز شایع۔ اتھ منٛز چھُ ''دیدۂ تر'' شعرِ مجموعک انتخاب تہٕ تہٕ نۆ وکلام تہِ۔ اَتھ مجموعس چھِ ۲۳۴ صفحہٕ۔ اَتھ منٛز چھِ پانٛژٕ اُردو تہٕ ستھ فارسی نعت، پانژاہ پیٹھی غزل، داہ متفرقہٕ منظوٗمات تہٕ سوادہتھ پیٹھی رباعیہ تہٕ قطعہٕ۔ ''ایک اندھی لڑکی کی دُعا'' نظم تہٕ چھِ اَتھ منٛز شاٲمِل آمٕژ کرنہٕ، اَتھ شعرِ سومبرنہٕ چھُ مقدمہٕ لیوکھمُت حامدی کشمیری ین تہٕ پیشِ لفظ حکیم منظورن۔ ''تعارف'' عنوانس تحت چھُس غلام محمد میر طاوس سُنٛد لیوٚکھمُت سُہ پیشِ لفظ تہٕ یوٚس شاٲمِل کرنہٕ آمُت، یُس تمٕی ''دیدۂ تر'' شعرِ مجموعہٕ خاطرٕ لیوٚکھمُت اوس تہٕ تتھ منٛز شاٲمِل کٔرِتھ شایع تہِ سپُد مُت اوس۔ یمو چیز و باپتھ چھِ ''متاعِ فقیر'' شعرِ مجموعکی ۲۷ صفحہٕ وقف کرنہٕ آمتی۔

''متاعِ فقیر'' منٛز نمونۂ کلام

موبمو نقشِ کُن بہ لوحِ دِلم
ہوبہو لا الٰـــہ اِلا الـــلّٰـــہ
باغِ بود و نبود رابخشد
رنگ وبو لا اِلٰـــہ الــلّٰـــہ



خفتہ ام در سایۂ دیوارِ تُو
یا محمد بختِ بیدارم توئی
عشق بے پروائے من گرم سفر
کشتی و گرداب و طوفانم توئی



درود کیا ہے، عبادت کی شبِ معراج
عروج اوجِ کمالات کا شباب درود
دلوں کو گردِ کدورت سے پاک کرتا ہے
ہجومِ غم میں مٹاتا ہے اضطراب درود

## کأشرِ تصنیفہٕ:

میر غلام رسول نازکی أسی اُردوتہٕ فارسی زبانن ہٕندی قادرالکلام شأعر، تمو چھِ کلاسِکل محاسن زیرِ نظر رٹِتھ فن کأری ہٕندی بیشتر لوأزِم پوٗرٕ کٔری ہٕتی۔ سادٕ لفظن منٛز تہٕندی افکار منظوٗم کٔرِتھ چھِ تمو اردو شاعری وارِیاہ موٗللی فن پارٕ دِتی ہٕتی۔ اتہِ چھُ صرف ''آمد'' زیادٕ'' آورُد'' کم۔ ریاستہٕ کِس اُردو ادبی تؤأریخس منٛز چھُ تمن وارِیاہ تھوٚد مقام۔ امیُک احساس چھُ تمن پانس تہِ اوسُمت تہٕ شاعرانہٕ تعلی رٔنگی چھُکھ وۄنمُت

کشمیر کا رہنے والا ہوں اُردوئے معلیٰ لکھتا ہوں
اس دیس میں مُجھ سا کوئی بھی اُردو کا سخن ور ہو نہ سکا

میر غلام رسول نازکی پھیری ۱۹۵۳ء پتے کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس کُن۔ وأنسہِ ہٕندِ ہِن ژتجہن دوِیتاجہن وٕرِین دوران أس نہٕ تمو زانہہ تہِ کأشرِ پأٹھی شعر گوئی کٔرمٕژ۔ اماپوٚز پتہٕ ییلہِ تہٕنزِ فکرِ تہٕ شعورٕ کِس ناگہٕ رادس بُکھ لوٚگ بے مثال فن پارٕ آیہ

بارسس، چونکہِ تِم اَسی مشرقی کلاسکی ادبکی نہ صرف زانٛنی کاربلکہِ امیٛگ زبر ہرتر ٹلن وألی عالم وفاضِل شخص۔ اوے گوکھ نہٕ ترقی پسندی، جدیدیت تہٕ باقےٚ ادبی تحریکن تہٕ رجحانن ہُنٛد مأل مگر امیٛگ مطلب چُھنہٕ زِ تِم کیٛا اَسی سمأجی، مذہبی تہٕ سیأسی استحصالہٕ کیٚو خطرناک نتیجو ںنش متأثر گأمتی۔ وٕں گوو تِم اَسی مثبت رِٔوشن، اسلامی قدرن تہٕ انسانیت کین مؤلہٕ اصوٗلن، ذأتی تجربن تہٕ بدلوٕنہِ حالاتن زِبو دِوان۔ تِم اَسی بقول قاضی غلام محمد ''آخری صاحبِ دستار'' بقولِ سید رسول پونپر ''شہرِ خوش گُفتار'' تہٕ بقول محمد یوسف ٹینگ ''کأشرِ ادبکی پٔتیم کنز رویٚتو''۔ ''کاوِ بیٚنہِ وول'' شعرِ مجموعہٕ کس پیش گُفتارس منز چُھ رشید نازکی لیکھان:

> ''تِہنٛز (غلام رسول نازکی ہٕنز) ذات چھےٚ کأشرِ تمدنکہِ نجابت، شرافت، وضعداری تہٕ علمچ آخری علامت۔ بقولِ قاضی غلام محمد ''آخری صاحبِ دستار''۔ یِہنٛدِس شخصیتس منز چھِ حکایتن ہٕنٛدی طِلسم خانہٕ، واقعاتن ہٕنٛدی سربستہٕ گنجینہٕ، روایاتن ہٕنٛدی مُدری تہٕ میٹھی ناگہٕ راد''۔
>
> (ص: ۲۳۴۔ کلیات نازکی)

یِیٚلہِ بخشی غلام محمد سٕندِس زمانس منز تمدنی تہٕ ادبی سرگرمین چلے جاولوٗگ۔ ''جشنِ کشمیر'' آو شہرِ گام مناونہٕ۔ جشنِ کشمیر تہٕ باقےٚ تمدنی سرگرمین ہٕنٛدِ حصہٕ رٔنگی لگی مشاعرٕ تہِ سپدنہٕ، یہٕ چھنہٕ کتھ زِ امہِ بروٗنہہ کیا اَس نہٕ یِتہ مشاعرن ہٕنز روایت! مگر اتھ زمانس منز لوٗگ مشاعرن زیادے چلے جاو۔ نازکی صأبس اوس اُردو شاعرٕ سٕندِ حیثیتہٕ پٔنُن خاص مقام، لہٰذا اوس سُہ تہِ مشاعرن منز شریک سپدان۔ اَتھی صورتِ حالس منز آو سُہ کأشرِس کُن۔ تِمو چُھ اَتھ متعلق پانہٕ لیٚو کھمت:

> ''اگست ۱۹۵۳ء بروٗنہہ چھےٚ نہٕ مےٚ زانٛہہ کأشری پأٹھی شاعری کرمٕژ۔ بہٕ اوسُس اُردو کلام لیکھان۔ اگست ۱۹۵۴ء منز سپُد مشاعرن تہٕ کنونشنن

ہُنٛد اکھ لامتناہی سلسلہٕ شروع ۔ مےٚ اوس سرکاری حیثیتس اندر یمن مشاعرن تہٕ کنونشنن اندر شامِل پیٚوان سپدُن ۔ یمن مشاعرن منٛز اگرچہِ اَسی کیٛنہہ کاشُر خوش کلام شاعر تہٕ کلام بوزناوان مگر اکثر اَسی تِم تہٕ یِم کیا ہتام ونان اَسی تہٕ اَتھ اوسُکھ شاعری ناو کوٚرمُت ۔ واقعہ چُھ یہِ زِ یِموِ ے خود ساختہٕ شاعرو کوٚرُس بو مایِل کاشُر شاعری کرنس کُن ، یِمو منٛزٕ تہٕ خھوٗصن اکھ نوجوان ، خداہِ ہِن تِمس صحت ، سُپد میانہٕ اَمہٕ فاصلک ذمہٕ دار تِکیازِ تِمۍ سُند لایعنی کلام اوس آسان تیُت زیُٹھ زِ پرٛتھ کانٛہہ اوس کَنن دِوان نٔزٕ'' (نمرٔ دنامہٕ : تعارُف : ص : ۱۱)

۱۹۵۳ءپتہٕ داہِ کہہٕ ؤہری یعنی ۱۹۶۴ء منٛز سپٕز غلام رسول نازکی ہنٛز گوڈنچ کاشُر شعر سومبرن شایع ۔ امہٕ پتہٕ روٗدی تِم لگاتار لیکھان تہٕ تِہندِس اَخری دمس تام روٗز تِہندِس تخلیقی ناگس ؤزنی جاری تہٕ کلُہم پاٹھی سپدی تِہنٛزٕ شاعری ہنٛدی ترٛے مجموعہ شایع ۔

## ا۔نمرٔ دنامہٕ :

''نمرٔ دنامہٕ'' چھےٚ میر غلام رسول نازکی ہنٛز گوڈنچ کاشُر شعر سومبرن ، یتھ منٛز ترٛبن باگین منٛز ۲۰۰ رباعیہ چھےٚ ، باگین ہنٛدی عنوان چھِ :

ا۔جیٚپنک داغ ، دینک سریٚہہ ، دِلُک سوز (توحید) ۱۲۳ رباعیہٕ ۔

۲۔مدیٚنک عشق سیٚنک جشنِ نوروز (عشقِ نبیؐ) ۲۴ رباعیہٕ ۔

۳۔زمانُک حال یارن ہنٛز حکایت (زمانُک حال اوحال) ۵۳ رباعیہٕ

یہ رُباعی چھےٚ تمہید رٔنگی درج کرنہٕ آمٕژ ۔

جیٚپنک داغ ، دینک سریٚہہ ، دِلُک سوز

مدیٚنک عشق سیٚنک جشنِ نوروز

زمانٕک حال، یارن ہنٛز حکایت

زِ ہتھ کتھہِ ژٔون ہتن بأتن اندر بوز

تہٕ انتساب چھُس ؂

أزِ کٲن نمرٛ دن ہٕنٛدِ ناوِ

یمو بہٕ خلیل الرحمان بنوٗس

تمہید، انتساب تہٕ باگین ہندی عنوان چھِ کتابہِ ہٕنٛدِ مواد کی أنہٕ۔ نازکی صٲبس چھےٚ حیرت انگیز حدس تام لفظن پیٹھ تھپھ، عام ورتاوِ کی سیوٚد ساد تہٕ صاف لفظ، سلاست تہٕ روأنی، چھِ تہنٛدِ ن شعرن ہنٛز خصوٗصیت، یتی چھےٚ یمن ظرافژ زیر یں لہر دِلچسپ تہٕ معنہٕ ساوی بناوان۔ اوے سپُد نازکی صٲبنٕن رُباعین شرف حأصِل زِ کنن گرٛھان گرٛھانے چھِ ژیٚتس روزان تہٕ زبِ کھسان۔ نمرٛ دنامہٕ پرن والین تام واتان واتانے گےٚ اَمکی واریاہ مِصرعہٕ، شعر تہٕ قطعہٕ ضرب المثالہٕ بٔنتھ زبان زد۔ یتھہٕ پأٹھی آو غلام رسول نازکی سٕنٛز شأعری ہُنٛد اکھ وکھرٕ رنگ وآہنگ، اسلوب تہٕ انداز بارسس، یُس از تام بے بدل چُھ۔ نمرٛ دنامہٕ منٛز چھےٚ یژھہٕ کٲہ یاہ رُباعیہ بےشُمار لُکن یاد یمن تہٕ خطابن، مجلسن تہٕ محفلن اندر چھِ ورتاوان ؂

محمدؐ بے کس ہُنٛد کس محمدؐ

دِلُک آرام روحُک رس محمدؐ

نجاتچ چھےٚ کُنی وَتھ رٹھ یہے وَتھ

محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ



اگر ژھانڈکھ ژٕ دُنیا دِین راوی
اگر دپہنے رٹکھ دُنیا گژھی ناش
ژٕچھنِ اَچھ دہن کھوٕر اَچھ چھُ دُنیا
محمدؐ مصطفیٰ دۄنوٕنی اَچھن گاش



سحر وقتن پھُلے اُلجمٕژ چھےٚ گوشن
چھِ سنگر مالہِ طوٕرکی پاٹھی روشن
دِلن منٛز یا محمدؐ پوشہِ ٹۄربن
زبون پیٚٹھ یا رسول اللہؐ چھُ پوشن

## ۲۔ آوازِ دوست:

نازکی صأبنٛز دۄیم شعرِ سومبرن "آوازِ دوست" سپٕز گوڈنچہِ لٹہِ ۱۹۸۵ء منٛز شایع۔ اَتھ منٛز موجود کلامُک ڈِکشن چھُ سُے یُس "نمرٕ دنامہٕ" شعرِ سومبرنہِ ہُند چھُ۔ امیُک مواد تہٕ چھُ توحید، بندگی، انکسأری، مدح رسولؐ تہٕ زندگی ہُند حال احوال تہٕ روٕروکان۔ اَتھ منٛز چھےٚ شیٚتھ رباعیہ۔ اکھ نغمہٕ توحیدتہٕ اَٹھ غزل۔ سلاستس ستۍ ستۍ چھُ اَمہِ کلامُک پریزناون نشانہٕ عام ورتاوچن ضرب المثلن تہٕ تلمیحن ہُند فنکأری شاعرانہٕ ورتاو۔ یوسہٕ زبان تہٕ یُس لفظہٕ وۄتُر نازکی صأبن ورتومُت چھُ سُہ چھُ زن زوٗنہٕ گاشہٕ چھٔلِتھ، شِہُل تہٕ شیٚتِل۔ تاہم چھُ یہ تسٕنٛد بجرٕ زِ واریاہن جاین چھُھن فُٹ نوٹن منٛز خیالن ہندِ آگرُک ناو درج کوٚرمُت۔ چونکہ نازکی اوس عرب وعجم کین علمی تہٕ ادبی ناگرادن ہنٛزٕ ترٛ لیش چیٚتھ آمُت، لہٰذا اوس تِمو ستۍ متأثر سپدُن لازمی۔ بہرحال "آوازِ دوست" شعرِ سومبرنہِ منٛز چھےٚ پانژھ باگیہ:

باگ: اکھ: رُباعیہ: (توحید بندگی، انکسأری، عأجزی، دُعا: ۴۲)

باگ: ژٕ: رُباعیہ (مدح رسول: ۹)

باگ: ترٛے: (رُباعیہ: رنگ دُنیا، ذاتی تجربہ: ۹۵)

باگ: ژور: (رباعیہ: شہر آشوب: ۳۲)

باگ: پانژھ: (غزل: ۸)

''آوازِ دوست'' کِس دیباچس منٛز چھےٚ نازکی صأبن جامع پأٹھۍ کینژن خاص کتھن کُن اشارٕ کٔرِمٕتۍ۔ یِم فن شناس ہنٛدِ باپتھ ''آوازِ دوست'' شعرِ مجموعٕک مطالعہٕ کرنس تِمن ہُنٛد فن تہٕ مواد سمجھنس محسوس کرنس تہٕ چھاونس منٛز مددگار رچھہِ۔ ستی چھُ تِمو پنٕنٮ۪ن رباعین ہندِس فنی اعتبارس پٮ۪ٹھ تہٕ اطمینان بوومُت:

''نمرٗ دنامہٕ اوس میون رُباعین ہُنٛد گوڈنیُک مجموعہٕ۔ کأشرِ کتابہٕ مٔلی ہٮ۪تھ پرنُک رواج اگرچہ سیٹھاہ کم چُھ، تاہم سپز مےٚ یہ وُچھتھ سیٹھاہ مسرت تہٕ حأرت زِ نمرٗ دنامہٕ نہ چھُ صرف واریہولوٗکو پوٚرمُت بٔلکہِ چُھ واریہن دوستن قریب قریب حِفظ سپُدمُت تہٕ امہِ چہ وارِیاہ رُباعیہِ چھےٚ بطورِ ضربُ المثل پیش سپدان۔ رُباعی لیکھنُک سلسلہٕ روٗد جأری تہٕ ییتھ مجموٗعس اندر چُھ بییہ تقریبن زٕ ہتھ رُبأعی شأمل آمِژ کرنہٕ۔ اکھ کتھ وَنٕی چھےٚ ضروٗری زِ یہ چھُس نہ رُبأعی ارادٕ کٔرتھ لیکھان۔ کیاہتام جذباہ چھُ ووتلان، خیال چھُ پأدِ سپدان۔ ژوٗریُم مِصرعہٕ چھُ بنان تہٕ پتہٕ چھِس ترٛے مصرعہٕ لاگنہٕ یوان۔ یِمن پٮ۪ٹھ محنت چھےٚ پیوان کرٕنی۔ اَمی خیالہٕ تھووےٚ ییتھ مجموٗعس ناو ''آوازِ دوست''۔ وومید چھےٚ یہ سپدِ واقعی آوازِ دوست ثأبت تہٕ پرٚن وألۍ دِن ذٕ چھِنۍ کھوٗرۍ نظر زِ امایہ آواز کتہِ آیہ تہٕ دوست کُس چھُ۔ رُبأعی ہنٛدِس صنفس پٮ۪ٹھ چھُ مےٚ اطمینان زِ انشاءاللہ یِمن اندر نیرِ نہٕ کانٛہہ

فنی خامی۔ معنوی لحاظہٕ ہیکہِ کانٛہ ہاہ تہٕ میانیو خیالو نِشہِ اختلاف کٔرِتھ۔

والسلام''۔ (دیباچہ: آوازِ دوست)

امہِ دیباچہ پتہٕ چُھ اتھ شعرِ مجموعس منٛز ''انتساب، بنام عایشہ''۔ عایشہٕ اُس نازکی صأبنٛ شریکِ حیات، یوسہٕ ۱۸ر اکتوبر ۱۹۸۰ء وأصِل حق سپزٕ مژ اُس۔ نازکی صأبن چُھ لیوکھمُت زِ ''ازگٔیتس پانژہ وٕری، مےٚ ورأے ہیکہِ نہٕ کانٛہہ اندازٕ کٔرِتھ زِ یِم دوہ کتھہٕ پأٹھی چھِ مےٚ بسر کٔری مٕتی:

أچھن منٛز اوش چُھ ہوٚکھمُت ماتموٕ ستی
دِلس نِلہٕ پِل گومُت پیٛہم غموٕ ستی
کران چھس صُبح شامس، شام صُبحس
دٕوری کنہِ بال چھس پژاٹان نموٕ ستی

کس چُھ معلوم زِ وُنہِ کأتیاہ دٕوری کنہِ بال چھِ مےٚ پراٹٕنۍ'' (میر غلام رسول نازکی: ۱۸ر اکتوبر ۱۹۸۵ء)

## ۳۔ کاوِ بیٛنہِ وول:

دسمبر ۱۹۹۶ء منٛز سپٕز میر غلام رسول نازکی ہنٛز ترتیٖم شعرِ سومبرن ''کاوِ بیٛنہِ وول'' شایع۔ یہ چھےٚ تہنٛز گوڈنیچ تہٕ شاید أخری شعرِ سومبرن یتھ منٛز مختلف صنفن منٛز لیکھنہٕ آمٕژ تخلیقہٕ شأمِل کرنہٕ چھےٚ آمٕژ۔ سوٚمبرنہِ منٛز چھِ ۱۳۵ پیٚٹھی رُباعیہٕ، زٕ غزل، اکھ شہر آشوب، اکھ دُعاۓ صُبح، زٕ نعت، شیخ سعدی شیرازی ہنٛدٕ ن نون شعرن ہُنٛد منظوم ترجمہٕ تہٕ ترٛیو فارسی غزلو علاوٕ اکھ معنہِسأوُنٛد بأنٛی نظم ''یادوستو'' شأمِل۔ رشید نازکی ین چُھس اکھ عالمانہٕ تجزیٲتی تہٕ تعارُفی پیش گُفتار لیوٚکھمُت۔ سوٚمبرنہِ منٛز شأمِل کلُہم کلامُک اسلوٗب چُھ سُے یُس غلام رسول نازکی سُنٛد وکھٕر پریزناون نشانہٕ چُھ تہٕ یُس

تہٕ ییٚہِ کاںٛسہِ پانناوِتھ ہیٚوٚک۔ یہ اسلوب تہٕ لہجہ چھُ رسہٕ رسہٕ ارتقائی منزل پڑاوان پڑاوان مستحکم تہٕ معتبر سپدمُت، ثبوت چھُس ''کاوِ ییٚنہِ وول'' ووں گوٚ و یتھ سومبرنہِ منز چھُ زیادٕ پہن دُنیاہچہِ بے ثبأتی تہٕ ناپایدأری ہُنٛد آفاقی نوکتہٕ مخصوص اندازٕ باونہٕ آمُت، اکثر شأعرو چھُ دنیاہچ ناپایدأری پننہِ شأعری ہُنٛد موضوع بنوومُت مگر نازکی صأبن Treatment چھُ اتھ موضوعس ستی بلکُل نوٚو، یتھ ظرإچ فنی زیرین لہر زیادے دِلچسپ تہٕ موثر بناوان چھےٚ۔ کاوِ ییٚنہِ وول چھُ ییٚمہِ سوٚمبرنہِ ہُنٛد حسب حال تہٕ مُنأسب ناو، اَتھ کُن نظر پیوانے چھُ فِکرِ تران زِ مواد گرٛشہِ دُنیاہچہِ بے ثبأتی تہٕ بےوفأیی متعلق آسُن۔

مگر اَتھ متعلق چھُ میر غلام رسول نازکی سُنٛد نظریہِ تہٕ سوچ بدل آیہِ، یُس رشید نازکی ہِنٛدین لفظن منز یتھہٕ پأٹھی چھُ:

> ''موت تہٕ موتہٕ بے چھُ شأعرن ہنٛز بڑ پریشأنی رؤزمٕژ تہٕ یہ خوف چھُ زندٕ زُوانسأنی حیاتُک پاسدار تہٕ۔ اوے ییٚمہِ ساعتہٕ تہٕ موت یاد پیومُت چھُ شأعری چھےٚ اکھ پٔخ بنیامٕژ۔ مگر نازکی صأبُن شأعرانہٕ رٔویہ چھُ اتھ معاملس منز تہٕ بلکُل بدل۔ یُس انسانس زندگی تہٕ موتچ حقیقت فِکرِ تھٕ تہٕ اَتھ ستی تصوّر آخرت تہٕ اوس تہٕ خوف و رجاہُک ادراک تہٕ، حیات بعدالموتُک یقین تہٕ تہٕ جنت جہنمکہِ عقید پٔٹھہٕ لِقاءَ اللّٰہُک تمنا تہٕ، تَس چھُ بہرحال یہ دُنیا قأدخانہٕ باسان۔ اوَے چھُ حدیث زِ دُنیا چھُ مومنہٕ ہِنٛدِ باپتھ قأدخانہٕ تہٕ کأفر سُنٛد جنّت۔ موتُک تصوّر تہٕ موضوع چھُ نازکی صأبن زندگی ہنٛز جولانی تہٕ تازٕ کأری کھوتہٕ زیادٕ جاندار پأٹھی باربار ورتوومُت''۔
>
> (کاوِ ییٚنہِ وول: پیش گُفتار: رشید نازکی)

نازکی صأبنہِ یتھ شعرِ سومبرنہِ منز چھےٚ دعائے صُبح شہر آشوب تہٕ یا دستو ہش شاہکار نظمہٕ، یمہٕ عام کیٚو خاص لوٗکن منز ہشے مقبوٗل چھےٚ۔ ژٔ وُہن بندن پٔٹھ مشتمل

''دعاے صُبح''نظمہِ منز چھےٚ اللہ تعالیٰ سٕندِس حضورس منز پننٕہ کم مایگی، عاجزی، انکساری تہٕ بے کسی خشوع و خضوع سان پیش کٔرتھ مغفرتچ ووٚمید باونہٕ آمٕژ۔ یہ چھےٚ تیٚژ اثر آفرین نظم زِ پران پران چھُنہٕ ٹارِن پیٚٹھ اوٗش ٹھہران۔ پزر چھُ یہ زِ یہ دعاے صُبح چھُ کأشرِن ہنٛدِ باپتھ اکھ بے بدل ڈالکہ تہٕ پرن والین خأطرٕ سعادت:

دُنیا پڑووُم عقبیٰ تڑووُم سورُے رووُم اتھِ چھوٚن گوس
نفسِ امارن لوٗگس زالس میأنس حالس پیٚٹھ کر رحم
عملاہ کانٛہہ چھنہٕ ہاونٕ لایق باونٕ لایق چھنہٕ کانٛہہ کتھ
بد اطوارس بد اعمالس میأنس حالس پیٚٹھ کر رحم
چنٛدٕ چُھم خأِلی زیوٚٹھ سفر چھُم وَتھ واراہ ناہموار
بُڈٕ لسہٕ لالس مُلہٕ کنگالس میأنس حالس پیٚٹھ کر رحم

''یا دوستو'' تہٕ ''بار خدایا پاپ نوار''نظمہٕ چھےٚ شہر آشوب کِس وانگس منز یوان، یمن منز چھےٚ تَمن حالاتن ہنٛز باوَتھ یمو اَسہِ نال وۄلمُت چھُ۔ ''یا دوستو''نظمہِ منز چھےٚ کُکل کشیرِ ہنٛد استعارٕ، تمہِ کشیرِ ہنٛد یوسہٕ أسی پٔتِ مولہِ پلہٕ ۲۷ ہوٕ رِیو پیٚٹھ وُچھان تہٕ سران چھن۔ میر غلام رسول نازکی یَن چھِ ''یہ کتاب'' عنوانس تحت، یٚیمہِ سومبرنہٕ ہنٛدس پیشِ لفظس منز پننہٕ نِس فنس کُن تہٕ کینٛہہ خاص اشارٕ کٔرِمٕتی تہٕ سوٚمبرنہِ متعلق تہِ کتھ کٔرمٕژ:

> ''یتھ کتابہ اندر چھُ زیادٕ پہن بے ثبأتی دُنیا تہٕ فکرِ آخرتُک مضموٗن غألب۔ سانہٕ پرانہٕ صوفی شاعر وچھُ یتھ دُنیاہس وأریوٚ تہٕ بیٚیس دُنیاہس مالیٚین ووٚنمُت۔ مولوی روم چھُ اَتھ ونان ''نے''یوسہٕ نیستانہٕ منزٕ ژٕٹتھ یور چھےٚ آمٕژ تہٕ دِل چھُس کریشان بہ گرشہِ ہاواپس پننہٕ نِس نیستانس اندر یِیٚتہٕ بہٕ پرأٹتھ چھِہس أنٛز ہمٕژ تہٕ یِیٚتہِ لأگتھ تھوٚمٕژ۔ مصیبتس اندر گرفتار آمٕژ

کرنہٕ۔ گونا گوٗن آفتن اندر آہٕژ تراونہٕ۔ امہِ علاوٕ چھےٚ یہِ اَکھ حقیقت زِ اللہ تعالیٰ ہِن چھُ انسانس دماغ دِیُتمت۔ یہِ چھُ راتس دوہس آسان مصروفِ کار۔ انسان شوٚنگتھ اَسِتن یا ہُشیار، دماغ چھُ بدستور پننِ کاٗم کران۔ اگر کاٗنسہِ یم تجربات ظاٗہر کرنٕک استعداد آسہِ سُہ چھُ امیُک اظہار کران جان تہٕ زبر اندازس منٛز۔ یہِ چھُ بنان اصل شعر تہٕ یہِ شعر چھُ بوزن واٗلس باٗر تھپھ ہیوٚ بہان۔ میٚون خیال چھُ زِ کاٗنہہ خیال یُس کُنہِ شعرس اندر ظاٗہر آسہِ سپُدمُت چھُنہٕ آسان نوٚو۔ خیالات تہٕ تجربات چھِ ساٗری پراٗنی تہٕ قدیم، البتہٕ اندازِ بیان چھُ آسان نوٚو۔ اگر یہِ اندازِ بیان دِلچسپ آسہِ، شعر چھُ سپدان مقبوٗل تہٕ پرن وول یا بوزن وول چھُ سپدان خوش۔ سُہ چھُنہٕ اَتھ سنان زِ خیال ما چھُ پرونُے، صرف چھُ اندازِ بیان نوٚو۔ امہِ موٗجب چھُ یہِ خیال اَمی ہِسہٕ کُن منسوٗب کران"۔ (کاوِ یێنہِ وول: یہِ کتاب)

"کاوِ یێنہِ وول" سومبرنہِ منٛز نموٗنہٕ کلام ؎

ہٕژر لد ہیوٚ بہ اوُسس باندامت
اَتھی اندر زَن سپٕز برپا قیامت
مےٚ سَتھ سوٚرے یہِ تامَتھ دژاو فرمان
گوناہ یَس پیٚتھ ژٕری، تَس تیٚژ رحمت
پشیمان چھُس، ندامت چھُم خجل چھُس
جبیٖنس پیٚٹھ نِشان چھُم چانہِ داغُک
ولیکن نا اُمیدی چھُم نہٕ ہرگز
دٕژُر چھُس توتہِ چاٗنی پوشہِ باغُک



پتو لاکن یہِ دُنیا تے امیُک رنگ
ژھوٗرُے دوکھا ، فریبا حسرتھاہ بس
اما تتہٕ کیاہ سنا حالات آسن
یِوان چھُنہٕ تورِ کانُہہ پھیرتھ ، پرٛژھوکس



واریُل دپان چمہٕ ہس ہٕ رَتھ ترٛٹھ چھم کران اَلِس مےٚ گتھ
گتہٕ گیوٗر کوٚرہم دُشمنو متہٕ مارتم متہٕ گالتم
سَتھ کورِ چھم نکھٕ والتم
داوس چھُ از بدٕلے بُتھاہ داوس چھےٚ لُج ہٕژ پوشہٕ وأر
چھم پوشہِ لنجہِ پپٹھ اَلی ہن ناوس لگے متہٕ زالتم
سَتھ کورِ چھم نکھٕ والتم

میر غلام رسول نازکی ہٕندی فرزند ایاز رسول نازکی یَن کُر ۲۰۱۴ ءمنز "کلیاتِ غلام رسول نازکی" شایع کُرِتھ اکھ اہم کأم۔ اچھ اَس سخت ضروٗرت تِکیازِ نازکی صأبنہِ ترێنہٕ وَے شعرِ سومبرنہِ آسہٕ نہٕ ووٚنی دسیاب۔ ایاز صأبن کرِ یمہٕ ترێنہٕ وے سوٚمبرنہِ کُلیاتس منز شأمِل ، اکھےٚ چھن ڈاکٹر سر شیخ محمد اقبال ہٕنزِ "پیامِ مشرق" منزِ لالہٕ طور عنوانہِ لیکھنہٕ آمژن ۱۶۲ رُباعیو منز شیٹھن رُباعین ہُنٛد کأشُر منظوم ترجمہٕ تہِ کلیاتس منز شأمِل کوٚر رمُت ،یُس غلام رسول نازکی صأبن کوٚر رمُت اوس۔

## فارسی کلام:

میر غلام رسول نازکی اَسی گوڈٕ گوڈٕ اُردو تہٕ فارسی زبانن منز شعر گوئی کران۔ عربی زبانہِ منز تہِ چھکھ مُنزی مُنزی طبع آزمائی کُرمژ۔ کأشرِس کُن پھیرنہٕ پتہٕ کوٚر رُکھنہٕ فارسی

تہٕ عربی زبانن منز شعر گوئی کرنس کُن زیادٕ توجہ۔ یِمن زبانن منز تخلیق کرنہٕ آمتہٕ تِہندِ کلامُک کانٛہہ مجموعہٕ چھُنہٕ شایع سپُد مُت ووں گوٚ ورِسالن منز چھُ اورٕ یورٕ کم کینژھا ضرور چھپیو مُت، یُس سوٚ مبراونُک سخت ضرورتھ چھُ۔ تِہُند فارسی تہٕ عربی کلام چھُ بہر حال معیأری۔ یِمو چھُ مشہور نعتُک یِمیُک أخری شعر ''بعداز خدا بزرگ توئی قصہ مختصر'' ژورن زبانن منز تضمین لیوٚکھمُت، أکر ہے زمینس، بحرِ تہٕ وزنس منز چھِ اَکی نظمہٕ ہِندی ژور بنٛد ژورن زبانن منز، اَمیُک معیار چھُ اعلیٰ پایہِ استادن ہُند ہیوٚ تہٕ یہِ چھُ اعلیٰ شعر گوئی ہِندِ معیارُک خاص نموٗنہٕ۔ یہِ تضمین چھُ تِھی مونوگرافس منز ''نازکی صأبنی نعتیہ شأعری'' بابس منز شأمِل کرنہٕ آمُت۔ تاہم چھِ نازکی صأبنِس ''متاعِ فقیر'' اُردو شعرِ مجموٗعس منز أٹھ فارسی غزل شأمِل، یِمن ہِندِ مطالعہٕ ستی نازکی صأبنہِ فارسی دأنی تہٕ قادر الکلأمی ہُند صحی اندازٕ سپدان چھُ۔ نازکی صأبنہِ فارسی غزل گوئی ہِندِ تھدِ معیارُک ثبوٗت چھُ سُہ غزل تہِ، یُس از بروٚنٛہہ تقریباً ۴۸ ؤری سوویت رُوسس منز أکِس کتابہِ منز شأمِل کرنہٕ آمُت اوس۔ تتہِ اوس فارسی غزلن ہُند اکھ ''عالمی انتخاب'' شایع آمُت کرنہٕ، یتھ ''مشاعرہ'' ناو اوس۔ اَتھ منز اوس دُنیا ہکِن بڈِ بڈِ فارسی شاعرن ہُند کلام شأمِل آمُت کرنہٕ تہٕ نازکی صأبنی غزل تہٕ أس۔ اَمِچ شِنٛچھ واتنأو اختر محی الدین یور۔ کتاب تہِ أمِن تہٕ امہِ غزلُک تذکرٕ تہِ کوٚرُن پنہٕ نِس سوویت روس رِکس ''سلاوامرٕ'' ناوی سفر نامس منز درج۔ غزل چھُ یہِ:

از تو قایم، گرمیٔ ہنگامۂ بود و نبود\
خیز و کم کُن شکوہ ہائے چرخ کبود\
روزگارے درخمِ ابروئے دِلبر باختم\
زاں سبب پیشِ خداوندے نیاوردم سجود

مرغکے دیشب بگلزارے بشاخے می سرود
شاہدِ گُل را شباتے نیست دل دادن چہ سود
ہر کسے را حسنے عطا کردند اوقاتش کم است
بُلبُل از گُل، گُل زِ شبنم، شبنم از انجُم شنود
جنتِ کشمیرا نازم کہ حسن ایں دیار
عشوہ کردو و دِلِ ایرانیاں باخود ربوُد[1]

فارسی زبانٕی منٛز چُھ نازکی صأبن حضرت علامہ اقبالؒ سٕندِس وأصِل حق سپدنس پیٹھ اکھ نوحہ تہٕ لیٛوکھمُت، یتھ ۲۵ شعر چھِ "لالہٕ کول" عنوانہٕ چھکھ اکھ فارسی نظم تہٕ لیچھمٕژ۔ نموٗنہٕ رٛنگی چھِ کینٛہہ غزلیہ اشعار حأضر:

چوں آں نازک بدن بارے میان انجمن آید
بااستقبال اُو در رقص شیخ و برہمن آید
گُلِ رنگین قبائے خویشتن با یار مے سازد
چوں بیند در چمن آں گُل بدگُل پیرہن آید

حیف است من سُبک سر در عشق تو بمیرم
تُو سر گراں نشینی بانشۂ خُمارے

## میر غلام رسول نازکی سٕنٛز نثر نویسی:

نازکی صأب اُسی صاحبِ زبان ادیب تہٕ عألم، یوٚ دوے تِمو زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ توجہ

[1] یہ غزل تہٕ امہٕ کِس شایع سپدنس متعلق تفصیل چُھ ایاز رسول نازکی ین "قندِ فارسی" عنوانہٕ بابس منٛز شیرازہ: میر غلام رسول نازکی نمبرس منٛز صفہ ۱۰۲۔۱۰۳ ہس پیٹھ درج کوٚرمُت

شعر گوئی کُن دیُت تاہم روٗ دی مُنزی مُنزی مقالہٕ تہٕ لیکھان۔ تِم آسی اُردو، فارسی کأشُر تہٕ انگریزی زبانن منز نثر لیکھتھ ہیکان۔ ووں گوٚو اُردو تہٕ کأشرِ زبأنی منز آسی اَکھ اُستاد انشاء پرداز ہنٛدی پأٹھی ہیکان لیکھتھ۔ نثر لیکھنہٕ خأطرٕ، بامے سوکأنہہ تہٕ صِنف آسہٕ، گرٕھہٕ ژوٚر علم تہٕ آسُن تہٕ صبر تہٕ۔ نازکی صأبس آسی یِم دونوے صِفت۔ زبان آسس صحی، علم اوسُس کأفی تہٕ انشاء پردأزی ہنٛدی سأری لوزامات اوس زانان۔ زندگی دوران کرٕ نہٕ تِمو مقالن ہنٛز کأنہہ سومبرن شایع تہٕ نہ کرِکھ تِم مقالہٕ جمع یِم وقتہٕ وقتہٕ مختلف رسالن تہٕ اخبارن منز شایع سپدی مٕتی آسی۔ نتہٕ زَن چُھ تِمو پانہٕ وٚونمُت زِ

”نثر کے سلسلے میں میرا خاص موضوع تصوف اور کشمیر میں فارسی کا مقام رہا ہے اس وقت تک کم وبیش دوسو مضامین مُلک کے مختلف رسالوں میں شایع ہوئے ہیں“۔ (غبارِ کاروان: شیرازہ میر غلام رسول نازکی نمبر ص: ۳۷۰)

تِمہنٛز ہتہٕ وادر یڈیوٹاکہٕ (Radio talks) چھےٚ یِمو مقالو علاوٕ۔ اما پوٚز یِم مقالات چھِ اَکِس سوٚمبرنہِ منز شایع کرٕنۍ ضروٗرتھ، یُتھ اَمِس بہلہِ پایہِ انشاء پردازٕ سُنٛد نثری موادمحفوٗظ تہٕ سپدِ تہٕ پرن والین تام تہِ واتہِ۔ اَتھ سلسلس منز چھےٚ ایاز رسول نازکی ین کوٗشش شروع کرٕمژ تہٕ سبٹھاہ محنت کٔرتھ چھِ تِمو گوڈٕ انوارِ پنہٕ نِس والدِ ہنٛدی ۱۹ مقالہٕ ژھأرِ دِتھ جمع کٔری مٕتی تہٕ ۲۰۱۴ء منز ”ورق ورق روشن“ ناوٕکی سومبرنہِ منز شایع کٔرتھ یِہ وراثت کأشرِ ن تام واتنأوِمژٕ اَتھ منز چھِ یِم کینٛہہ خاص مقالہٕ شأمِل:

حضرت میر نازُک نیازی قادری، غبارِ کاروان، نعتیہ ادب، سیرتِ رسول دعاؤں کی روشنی میں۔ قرآن مجید اور نعتِ رسولؐ، اسلام میں تصوّرِ جمال، تصوّرِ انقلاب اور معرکۂ کربلا۔ وہ ایک سجدہ۔ اسلام اور مشترکہ قومیت کا تصوّر، خواجہ غلام السیدین، کشمیری شاعری، حسن شاہ اور اس کا زمانہ، اورنگ زیب عالمگیر۔

## ترجمہٕ کاری تہٕ ترجمانی:

میر غلام رسول نازکی اٲسی ماہر ترجمہٕ کار تہٕ۔ صاحبِ زبان اٲسی، شعرفہم تہٕ شعر شناس اٲسی، شعروٕنہٕ ٹک پوٚختہٕ شعور تہٕ فن اوسُکھ بدس۔ لہٰذا ییلہِ ییٚلہِ تہٕ تمو کُنہٕ زبانٕ پیٹھٕ کانٛشرس منٛز یا اُردوٕہس منٛز ترجمہٕ کوٚر، تتھ ترجمس پیٹھ سپُد اصلُک گُمان۔ بعض صورتن منٛز اگر تتھ لیکھنہٕ ییہِ تہٕ زِیہٕ چھ ترجمہٕ، پرن وول دپہ زِیہٕ چھُ نازکی صابُن طبع زاد چیز۔ ییٚلہِ بخشی غلام محمد ہندِس زمانس منٛز ادبی سرگرمین ہُند چلے جاوطیس پیٹھ اوس، نازکی صابن کوٚر غنی کشمیری ہنٛزن شُہن رُباعین تہٕ ۱۳۱ ہن منتخب شعرن اُردونٛرس منٛز ترجمہٕ۔ فارسی زبانٕ ہنٛز اٲسس ووستادانہٕ مہارتھ تہٕ اُردو زبان تہٕ ادبک تہِ اوس استاد۔ لہٰذا اوس تِہُند یہٕ ترجمہٕ سِپہ تہٕ دِلچسپ۔ یہٕ ترجمہٕ کوٚر ریاستی اطلاعات محکمن ۱۹۶۰ء منٛزِ ے ''روٗحِ غنی'' ناوٕ کتابہِ ہندِس صورتس منٛز شایع۔ کتاب دِژ شمیم احمد شمیمن ترتیب تہٕ انتساب چھُس:

''سابق وزیراعظم جموں وکشمیر بخشی غلام محمد کے نام، جن کی سخن فہمی نے سخن وروں کو نئے اُفق دئے ہیں''

کٲشرِ ہندٕ ہن فارسی شاعرن منٛز اٲس نازکی صابس غنی کشمیری لیس ستی زیادٕ دِلچسپی تہٕ عقیدت مندی تہٕ شاید توے چھُن تِتھے پاٹھی اَمِس متعلق وٚنمت۔

کہاں میں کہاں نغمۂ زندگانی

مرے روپ میں جلوہ فرما غنی ہے

یِتھہٕ پاٹھی مہجورن وٚنمت چھُ۔

اَتھ دردِ صوٗرٕژ پردٕ تُلتھ گوٚو سُہ رسول میر

مہجوٗر لاٛگتھ آو بیٚیہ دربارِ اٲتی روز

پیٚتھِن چُھ ''روح غنی'' منٛز کیٚنژن شعرن ہُند نازکی صآبن کوٚ رمُت اُردو نثری ترجمہٕ یُس یٚیمہٕ انمانہٕ چُھ۔

برتواضع ہائے دُشمن تکیہ کردن ابلہی است
پاے بوسِ سیل از پا افگند دیوار را

ترجمہ: دُشمن کے انکسار اور بچھ بچھ جانے پر بھروسہ کرنا بے وقوفی ہے۔ دیوار اور پانی میں ازلی دُشمنی ہے۔ پانی آ آ کر دیوار کے پاؤں چوم لیتا ہے مگر آخر کار یہی انکسار دیوار کو گرا لیتا ہے۔

غنی روزِ سیاہے پیرِ کنعان را تماشا کُن
کہ نورِ دیدہ اش روشن کُند چشمِ زُلیخا را

ترجمہ: غنی پیر کنعان یعنی حضرت یعقوبؑ کی بدبختی تو دیکھو، یوسفؑ اُس کا بیٹا (اور بیٹا بھی وہ جس کو دیکھ کر اندھے بینا ہو جائیں) اور اُس کے دیدار سے آنکھیں سینک رہی ہے زلیخا، خود یعقوب کی آنکھیں اُس کے ہجر میں سفید ہو گئیں۔ اس سے زیادہ سیاہ بختی اور کیا ہو سکتی ہے۔

نگردد شعر من مشہور تاجاں در بدن باشد
کہ بعد از مرگ آہو نافہ بیروں مے دہد بو را

ترجمہ: میرا کلام اس وقت تک مشہور نہیں ہوگا جب تک میں زندہ ہوں۔ میرا کلام اُس نافہ کی مانند ہے جو ہرن کے ساتھ رہتا ہے۔ جب تک ہرن زندہ ہے نافہ نہیں نکل سکتا۔

ہوش است کہ سرمایۂ صد دردِ سر است
فارغ البالی آنکہ از جہاں بے خبر است

ترجمہ: شعور انسان کے لئے دردِ سر اور مصیبت کا باعث بنتا ہے۔ جو بے خبری اور بے شعوری کی زندگی گذارتا ہے وہ اطمینان سے ہے۔

در بیضہ نہ می کُنند فرغاں فریاد
ہر چند کہ بیضہ از قفس تنگ تراست

ترجمہ: پرندہ جب تک انڈے میں ہوتا ہے تو بے شعوری کی وجہ سے اُس کو قید
کی زندگی کا احساس نہیں ہوتا اور وہ فریاد نہیں کرتا۔ جب وہ قفس میں ہوتا ہے
تو رونے لگتا ہے، حالانکہ انڈے کے مقابلے میں قفس بہت وسیع ہے۔

ووں چُھ معلم اخلاق شیخ سعدیؒ شیرازی ہِنٛدِ بن کینٛژن شعرن ہُنٛد منظوم ترجمہٕ
پیش، یُس باسان چُھ زَنتہٕ طبع زاد شاعری چھےٚ۔

سعدی: گُماں مبر کہ جہاں اعتماد راشاید
کہ بے عدم نہ بود ہر چہ درجہاں آید

نازکی: مہ کر غلفتھ خوشی آسان چُھ غم ہٕستی
مہ گژھ غافِل وجوٗدس چھےٚ عدم ہٕستی

سعدی: کدام قوت و مردانگی و برنائی
کہ خشم گیری و بانفسِ خویش برنائی

نازکی: ژےٚ چھےٚ طاقت ژےٚ چھےٚ یاوُن ژٕ زوراوار انسان چُھکھ
مگر ژٕ کھ چھےٚ کھسان تتھ چُھکھ نہٕ پوشان، کُس پہلوان چُھکھ

سعدی: چہ کُند مالک مختار کہ فرمان ندہد
چہ کُند بندہ کہ سر بر خطِ فرمان دہد

نازکی: آغہٕ کر حُکم ، حُکم گوٚو جاأری
بنٛدٕ ہٕنٛز کاأم بنٛدٕ برداأری

امہِ علاوٕ چُھ میر غلام رسول نازکی یُن زبردس چابکدستی تہٕ چُشتی سان حضرت علامہ

اقبالؒ سٕنزٕ ن شیٹھن رُباعین ہُند کرنہٕ آمُت منظوم ترجمہٕ ایاز رسول نازکی سٕنزِ کوٗششہِ ستۍ بازیافت سپُد مُت، یُس تموگوڈٕ شیرازس منز شایع کرنووتہٕ پتہٕ ''کلیات نازکی'' لِس منز شامِل کوٚر۔ بیاکھ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ نازکی یَن چھُ بڈٕ بڈٕ فارسی شاعرن ہٕنٛدِ کلامہٕ نِش فائض تلُمُت تہٕ وارِیاہن جاین چھن پنہٕ نٮ۪ن رُباعین منز تہندٕن خیالن ہنزٕ فنکارانہ ترجمانی تہِ کرٕمژ، اماپوٚ زفُٹ نوٹن منز چھن موٗلہٕ آگرن ہنزٕ نشاندہی کرٕمژ۔ زیادٕ پہن چھُ تہنٛدِس کلامس پیٹھ علامہ اقبالؒ، عمر خیام، غنی کشمیری تہٕ شیخ سعدی سُند اثر۔ حضرت علامہ اقبالؒ سٕندۍ خیالو تہٕ تصورو نِش مُتاثر سپدِتھ کرۍ نازکی صأبن تم خیال کأشرِس قالبس منز پیش۔ کمال چھُ یہِ زِ شکھ تہِ چھنہٕ سپدان زِ موٗلہٕ خیال کیا چھِ حضرت اقبالؒ سُند۔ علامہ اقبال سٕندِ ترجمکۍ تہٕ ترجمانی ہنٛدی نموٗنہٕ چھُ پیشِ خدمت ؎

اقبالؒ: تری دُنیا میں میں محکوم و مجبور
میری دُنیا میں تیری بادشاہی

نازکی: ژٕ چھُکھ میأنِس جہانس منز شہنشاہ
بہٕ چھُس چأنِس جہانس منز مسافر

اقبالؒ: تو شب آفریدی چراغ آفریدم
سفال آفریدی ایاغ آفریدم
بیابان و کہسار و راغ آفریدی
خیابان و گلزار و باغ آفریدم

نازکی: شُبک گٹہٕ کار دٔیتھم زوٗل کوٚرمس
لُبِم بیکار کتراہ پیالہٕ گوٚرمس
کرِم چأنِس زمینس مالہٕ پوٚشن
ستن طرفن وتن المأس جوٚرمس

اقبالؒ: من از غم رانمی ترسم ولیکن
مدہ آں غم کہ شایانِ دِلے نیست

نازکی: چُھ غم سرمایہٕ اولادِ آدم
مگر کُس غم دِلُک ، عشقُک ، جنوٗنُک
غماہ شایانِ دِل گوٚژھ دِل تہٕ پھولہِ ہے
مگر اَسہِ غم دیُتن تیلِک تہٕ نوٗنُک

اقبالؒ: چوں آں مرغے کہ در صحرا سر شام
کشاید پر بفکرِ آشیانہ

نازکی: جوأنی راوِ رِتھ آوارٕگی منٛز
بُڈتھ چھُم روٗح کھوژان ازدحامس
دوہس آسان چُھ وُڈٕ وُن جانور مست
چُھ أٔلِس کُن کران پرواز شامس



## ادبی صحافتس سٕتی وابستگی:

۱۹۳۸ءمنٛز آیہِ معروف ماہٕرتعلیم تہٕ ادیب خواجہ غلام السیدین جموں وکشمیر ریاستٕکی ناظمِ تعلیمات بناونہٕ، تمو کوٚر ''تعلیم جدید'' ناٗوی رسالہٕ جأری۔ گوڈٕ اوس بقول مرحوم نشاط انصاری امہِ رسالُک ایڈیٹر پیرزادہ غلام رسول۔ امہِ پتہٕ آیہِ میر غلام رسول نازکی اَمکی ایڈیٹر مقرر کرنہٕ۔ نازکی صأبن وأج یہِ ذمہٕ دأری دوٚن وٕرین سٕبٹھاہ جان پأٹھی نبھٲوِتھ۔ اخبار ''ہمدرد'' اوس مسلم کانفرنسُک آفیشل آرگن، نازکی صأب أسی اَمکی خصوٗصی معاون۔ اتھ منٛز آسہِ نازکی صأبنہِ قومی نظمہٕ مختلف قلمی ناون تحت شایع سپدان۔ پنڈت

کیشب بندھو سٕندِس ''دیش'' اخبارس منز آسی نازکی صأب ''غنی'' ناوس تحت انقلأبی نظمہٕ لیکھان۔ امابوٚز یمہٕ نظمہٕ چھےٚ تاحال رأوِس تل۔ بیا کھ اخبار اوس ''خالِد''۔ اَمِچ درپرٕ ادارت تہٕ اُس یمنے ذمہٕ۔ پتہٕ کوٚر ۱۹۶۹-۷۰ ءیس منز نازکی صأبن ''الغفران'' ناوُک ہفتہٕ وار اخبار جأری۔ تمِ آسی اَمکی چیف ایڈیٹر، پرنٹر تہٕ پبلشر ییٚلہِ زَن تہٕندی فرزند بلال نازکی صأب اَمکی ایڈیٹر آسی۔ اَمہِ اخبارٕکی دژایہِ بقول ایاز رسول نازکی شاید ۲۴ شُمارٕ۔ اتھ منز اوس ''تعارف'' عنوانس تحت مختلف شخصیژن متعلق مضموٗنن ہُنٛد اکھ سلسلہٕ شایع سپدان، یُس حضرت آدمؑ سٕنٛدِ تذکرٕ تہٕ تعارفہٕ سٟتی شروٗع کرنہٕ اوس آمُت۔ سرکأری ملازمتہٕ نِش سبکدوش سپدنہٕ پتہٕ آیہِ نازکی صأبس غلام محمد صادق سٕنٛز چیف منسٹری ہٕنٛدِس زمانس منز فیلڈ سروے آرگنائیزیشن طرفہٕ شایع سپدن وألِس کأشُر ہفتہ دار ''چمن'' اخبارٕچ ایڈیٹری ہٕنٛز ذمہ داری تہٕ دِنہٕ۔ یتھہٕ پأٹھی رُوٗدی تِم درس وتدریس تہٕ نشریأتی ادارن منز فرضِ منصبی پوٗرٕ کرنس سٟتی سٟتی صحافتس سٟتی تہِ وابستہٕ۔

## ایوارڈ تہٕ اعزاز:

''نمرُود نامہٕ'' شعر سومبرنہِ باپتھ آو میر غلام رسول نازکی صأبس ریاستی کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ ''بیسٹ بُک ایوارڈ'' دِنہٕ تہٕ ''آوازِ دوست'' شعرِ سومبرنہِ باپتھ توٚر تِمن ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ تہٕ۔ تہنٛزن ادبی خدماتن ہٕنٛدِ اعترافہٕ رٕنگی آکھ ۱۹۷۴ءمنز ریاستی کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ طرفہٕ اعزازی خلعت تہِ عطا کرنہٕ۔ ۱۹۸۹ء کیٚت آیوکھ بھارت سرکارٕ طرفہٕ قومی اعزاز ''پدم شری'' دِنہٕ مگر سُہ کوٚر نہٕ تِمو قبوٗل۔ أہنٛزٕ گراں قدر علمی تہٕ ادبی خدمژ نظرِ تل تھأوِتھ آیہِ کینٛژن رسالن ہٕنٛدی غلام رسول نازکی نمبر تہِ شایع کرنہٕ یِمن منز تحریکِ ادب بنارسُک نازکی نمبر تہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕنٛدِ اُردو رسالہٕ شیرازُک غلام رسول نازکی نمبر خاص اہمیت تھاوان چھہ۔ 

# میر غلام رسول نازکی سٕنز نعتیہ شاعری

کأشرِ زبأنی منٛز چھُ نعتیہ شاعری ہُنٛد اکھ مولل خزانہٕ موجود۔ شیخ العالمؒ سٕنٛدِ پیٹھہٕ موجودٕ دورس تام چھ ہتہٕ واد کأشرۍ شاعر احمدِ مجتبیٰ محمد رسول اللہؐ سٕنٛدۍ نعت لیکھان روٗدمتۍ۔ ہم کال کأشرٕ ین شاعرن منٛز چھُ خالے کأنٛہہ شاعر ییٚتھ۔ تیٚمۍ نہٕ نعتیہ شأعری رٕنگۍ کیٛنٛہہ لیٚو کھُمت چھُ۔ کیٛنٛہہ شاعر چھ تِم تہٕ، یِم صرف نعتے یوت لیکھان چھ۔ نعت لیکھن والین ہنٛدِس اتھ بٔڈس کاروانس منٛز چھ میر غلام رسول نازکی اَکس نمایندہ تہٕ ممتاز سخنور سٕنز حیثت تھاوان۔ میر غلام رسول نازکی چھِ عقیدٕ رٕنگۍ مسلمانِ صادق۔ خداے سٕنٛدِس وحدأنیتس تہٕ نبیؐ سٕنٛدِس نبووتس پیٹھ یژھ یژھ آسنس سٕتۍ سٕتۍ چھکھ رحمۃٌ لِلعالمینؐ سٕنٛدِس جمالس تہٕ جلالس سٕتۍ عشق۔ تِم چھ پیغمبر آخر زمانؐ سٕنٛدِ بابرکت تہٕ پُرکشش شخصیتکۍ یِتھ حدس تام قأیِل تہٕ مأیِل زِ تِہنٛزِ غلامی ہُنٛد شرف چھُکھ داراتہٕ سکندر سٕنٛدِ تخت وتاج کھوتہٕ وار یاہ اعلیٰ تہٕ ارفع باسان۔

یوٚہے عزت یہأے چھم نیک نأمی
امی چیٖزن کوٚرُس نأمی گرامی

کھورن تل چھُم سکندر جم تہٕ دارا
جبینس چھُم تِہنٛد داغِ غلامی

نازکی صأبس اوس تاریخِ اسلأمکۍ سوٚن تہٕ گوٚن مطالعہ سیرتِ نبیؐ اَسکھ پرٕ مٕژ تہٕ سرنُک اوسکھ شوق۔ توے چھ ونان۔

اگر ژھانڈکھ ژٕ دُنیا دین راوی
اگر دِینے رٹکھ دُنیا گژھی ناش

ڈ ژھنڑ اُچھ دٕہن کھوٚر اُچھ ژُھ دُنیاہ
محمد مُصطفیٰ دونوٚنی اُچھن گاشن

نازکی صأبنہِ نعتیہ کلامُک پھیر ہاوگون چُھ یہِ زِ اتھ اندر چھُ جمالیأتی عُنصر تتھہِ کنٛتھ جرنہٕ آمُت زِ یہِ پرتھ یا بوٗزتھ چھ من موٗدران تہٕ دل شاد گژھان ۔ چاہے یم مدیٖنچ کتھ کرن یا کعبُک ذِکریم چھ تُتھ ماحول پأدِ کران زِ انسان چھُ یہِ معنہِ سوو ماحول تہٕ منظر بےٚ شوٗنکی پأٹھی ژ ینان تہٕ ژ ینتھ فرحت محسوس کران ۔

مدیٖنُک شام زُلفن شانہٕ طوٗرس
مدیٖنچ راتھ چشمن سورمہٕ نورس
مدیٖنُک صُبح پرتو شش جہاتس
مدیٖنُک دوہ جلا دِلکس حضورسؐ



چھُ کعبس سنگِ اسود داغ سیٖنَس
عرق چھس زمزمُک پشیاں جبیٖنَس
سبٹھاہ ارمانٕ چھس بخشُس نہٕ ذاتن
شرف یُس تمی عطا کوٚر مُت مدیٖنَس

عاشقانِ رسولؐ چھِ یتھ کتھِ پٹھ پوٚر یژھ تہٕ پژھ تھاوان زِ کاینات کٕ زرٕ زرٕ چھ نبیؐ سٕندی تعریف کران ۔ یہِ خیال چھُ مختلف زبانن منز نعت لیکھن والین ہتہٕ واد شاعرو پننس کلامس منز ورتوومُت مگر یِیلہِ میر غلام رسول نازکی اتھ خیالس زبو بخشان چھُ اکھ اکھ لفظ چھُ اکھا کھ منظر بنٛتھ بیوٚن تہٕ بدوٗن کیفیتھ ووتلاوتھ کلہم پأٹھی اکھ تُیتھ ماحول پأدِ کران زِ تعشوق کنہن ناگرادن چھےٚ وُزِنی لگان تہٕ لوٚلکی اچھر چھِ گربٕژن ہوان ۔

سحر وقتن پھلے اُج مژ چھہِ گوشن
چھےٚ سنگرمالہٕ طۆرکۍ پاٚٹھی روشن
دلن منز یامحمدؐ پوشہٕ ٹورہن
زبون پپٹھ یارسول اللہ چُھ پوشن

نازکی صأبتہِ نعتیہٕ شاعری ہنٛد تأثیر بخش اعجاز چھُ یہنٛدس اسلوٗبس منز۔ یہنٛز زبان چھہِ رواں، رٔژ تہٕ معنہٕ ساو۔ شعرِ آہنگ چھُ بنٛگر شروٗنۍ شرونٛکی پاٚٹھی ظوٗنس تہٕ منس مضراب دِتھ فرحت بخش سوزتہٕ ساز ووٗتلاوان تہٕ زبان چھ آہ تہٕ واہ واہ کران۔

محمدُ بے کسن ہنٛد کس محمدؐ
دِلک آرام روحکُ رس محمدؐ
نجاتچ چھے کٔنۍ وتھ رٔٹھ یہے وتھ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

میرغلام رسول نازکی چھ سلیقہ مند نعت گو۔ تِم چھ تعظیم رٔچھرٔ چھ مکہٕ کس مدنی لالہٕ سنٛز مدح سرأیی کران۔ اظہار چُھ عاشقانہٕ آسنس ستی ستی عألمانہٕ تہٕ۔ یہنٛدس کُنہٕ تہٕ نعتیہٕ شعرس منز چُھنہٕ شرعٔک سوٗتھ ژھعن نکُ اندیشہٕ ووتلان۔ بے شک چھہِ یم نعت لکھنس دوران فریاد تہِ کران تہٕ آہ وزآری تہٕ، مگر اعلیٰ سلیقہٕ مندی سان۔ اتھ چھُ ساروے کھوتہِ بوٚڑ وجہ تہِ زِ یمن چھ تأریخِ اسلام، قرآنِ مجیدس تہٕ احادیث پاکن ہنٛد ہن معنہِ ہن پپٹھ سرٛنۍ تہٕ گنٛز نظر۔ امیُک ٹاکارٕ اظہار چُھ أہنٛزن یمن دون اردو رباعی ین منز میلان۔

یہی ہے حفظِ مراتب، یہی ہے راہِ ہُدیٰ
خدا خدا ہے، رسولِ خدا، رسولِ خدا

رسول بندہ مطلق ، خدا سمیع وبصیر
نہ یہ خدا سے جدا ہے ، نہ وہ نبی سے جدا



ہم بھلا کیا لکھیں گے نعت رسولؐ
نعت ہی نعت ہے خدا کی کتاب
آپ کی مدح سورہ حجرات
نون یٰسین ، انبیاء احزاب

یہُنڈ نعتیہ کلام چھُنہٕ صرف کاشُرس منزے یوّت بلکہ چھ تمو اردوہس منز تہٕ معیاری نعت وَنی ہتی یہُنڈ اردو نعتیہ کلام چُھ ''چراغ راہ'' ناوی کتابہٕ اِندر شایع سپد مُت ۔ سُہ کلام پران پران چھُ منزی منزی علامہ اقبالؒ نہٕ شاعری ہُنڈ بروٗنت گژھان ۔ پزٕ رگوٚ ویہ زِ میر غلام رسول نازکی ہنٛز فکر تہٕ فلسفہٕ چھ علامہ اقبال ہنٛزِ سوچن نِہج ہتی واریاہ رلان ۔ امیک بر پور انداز ہیکہٕ یہُنڈِ کلامہ کہ تھوہو عنوانو ہتی بر پوٗر پاٹھی سپد تھ ۔

گفتگو لا اِلٰہ الا اللہ جستجو لا الٰہ الا اللہ
چشم دل واکن وتماشا کن سوبسو لا الٰہ الا اللہ
باغ بودو بنود رانکشد رنگ وبولا الٰہ الا اللہ
بے حقیقت زن وزر وفرزند من وتو لا اِلٰہ الا اللہ



سرمدی زمزمہ ہے میرا وجوٗد ہر نفس تارِ نغمۂ داؤد
دیکھ میری نماز میرا سجود مصطفیٰ پر درود لاکھ درود

گونج اٹھے گا نغمۂ توحید پھر یقین وعمل کی ہوگی جیت
سن کے پھر لا الا الااللہ ہار جاے گا کفر کا عفریت

نازکی صأبن چھ فارسی زبأنی منٛز تہٕ نعت لیٖکھی مٕتی۔ یہنٛز ''متاعِ فقیر'' سۆمبرنہٕ منٛز چھِ رباعی یو علاوٕ أٹھ غزل تہٕ شأمل یمن منٛز ترٛےٚ نعتیہ غزل چھ۔ نمونہٕ خأطرٕ یمہٕ غزٕلکی کینٛہہ شعر۔

نازہا دارم کہ دلدارم توئی یارسول اللہ مددگارم توئی
از غمِ دنیا وازفکرِ معاش غافلم، دانم کہ غم خوارم توئی
خفتہ ام در سایۂ دیوارِ تو یا محمدؐ بخت بیدارم توئی

نازکی صأبس أس بیک وقت پانٛژن زبانن پٮ۪ٹھ دسترس یمن منٛز اردوٗ کأشُر، فارسی، عربی تہٕ انگریزی تہٕ شأمل چھِ۔ ''بعد از خدا بُزرگ توئی قصہ مختصر'' مشہوٗر فارسی نعتُک ترجمہٕ چُھکھ أکِس اہلِ زبان تہٕ اہلِ نظر ووستاد شأعرِ سٕنٛد پأٹھی کوٚرمُت۔

ہرٛدُک ہوا چھُ سرد، سپدی زرد بام ودر
پن پیٚو ہٕرتھ تھرٛن تہٕ پیٚیہٕ پوش پتھر
بُلبُل چھِ بدحواس، صنوبر چھُ خم کمر
باغس چھِ بروٗٹھی تہٕ پریشان چھُ رأچھ در
اؤبراہ چھُ بے حساب، شِنٛأیاہ چھ سربسر
واوس چھ یتھٕ زور زِلگی پھیری ژاکھ ور
لوٚب کُن چھُ باغوان تچھان، وچھ ژٹان جگر
وأنٛج پھٹِم زبان وٕژُم، کتھ کھٕژُم مگر

ہردس بنم مےٚ سونتھ ،مےٚ کنُ تراو اکھ نظر
یا صاحب الجمال و یا سیدالبشر



نوروز دل فروز ،چمن یاسمین ببر
گلشن روِش روِش اِرم و جنتِ نظر
گلزاروکشت وجوے و خیابان وبحروبر
نیساں عدن بدوش،بہاراں بکف ثمر
فردوس گوش شورِ عنادل بہ بام ودر
بلبل سرود نغمۂ یانور بے خطر
نرِگس نگاہ کردو بپاشید لالہ زر
شبنم ببرگ یاسمن و نسترن نِگر
ظلمت زِ کاینات شُد آمادہ سفر
خاور دمید از دل فاراں دم سحر
مِن وَجْھِکَ المنیر لَقَدْنَوِّرَ الْقَمَرْ



کس شے کی تجھکو اے دل ناداں ہے جُستجو
کس چیز کی طلب میں بھٹکتا ہے کوٗبکو
خالی ترا ایاغ،شکستہ ترا سبُو
محفل تری اُجاڑ ، طلب کم، نہی کدُو
خونِ جگر سے تو نے کیا ہے کبھی وضو
چاکِ جگر سے پہلے ہی اندیشہ رفُو!

خلوت میں تجھکو فکرِ تماشاے چارسو
جلوت میں تجھکو وقر، نہ وقعت نہ آبرُو
آنکھوں سے بن کے اشک نہ ٹپکا تیرالھوُ
کرتاہے نعتِ احمد مرسل کی آرزوُ!
مدحِ رسول پاک اوے تو کرے گا،تو
لا یُمْکِنُ الثّناء کَمَا کَانَ حَقَّہٗ



یَاجَامِعَ الصِّفَاتِ ویَااَحْسَنَ الصُّوَرُ
یَاقَامِعَ الضَّلال وَیَا اَفْضَلَ الْبَشَرُ
یَامَہْبِطَ الْکِتَابِ وَیَانَاطِقَ الْحَجَرُ
یَااَیُّہَاالنَّبِیُّ وَیَادَافِعَ الْفَزَر
یَانِعْمَتہ النَّعِیْم جَزا لِمَنْ شَکَر
یَاصَاحِبَ الْجَمَالِ وَیَا سَیِّدَالْبَشَر
مِنْ وَجْہِکَ الْمُنِیْر لَقَدْ نَوِّرَالْقَمَرُ
ابنُ الْمَرءِ لِمِنْکَ اٰیاتِکَ الْعُزَر
مَن ذَالَذی راکَ لااللہ بِاالْبَصَر
بعد از خدا بزرگ توئی قصّہ مختصر



کلٲم پٲٹھی چھ نازکی صاب اَکسِ معزز تہٕ معتبر نعت گوٗ و شاعرٕ سنٛز حِثیت پراوان۔ تہٕ یُہنٛد نعتیہ کلام چُھ اکثر محفلن اندر پیش سپدان تہٕ بوزن وألی چھِ سبھٲہ مستفید تہٕ محظوظ سپدان۔



# نازکی ہنٛز منظرنگأری

میر غلام رسول نازکی سنٛد کلام پرنس دوران ییتھ اہم کتھہِ ، کُن توجہ گژھان چھُ سوٚچھےٚ یہ زِ یُہنٛد مُشأہدچھُ سیٹھاہ سروٚن یم چھنہٕ کُنہِ تہِ چیزس سرسری پأٹھی وُچھان بٔلکہ تمِہ انمانہٕ زِ یہنٛدس کلامس اندر باوہٕ آمتِس کنُہِ تہِ خیالس تہٕ موضوعس متعلق چھُ پرن وول یا بوزن وول نوِسرٕ سونچنہِ لگان۔

کٔشیر چھےٚ فطرتکہِ حُسنُک اکھ مولل شہکار تہٕ امی کشیرِ ہنٛدِس ماحولس اندر اوس میر غلام رسول نازکی شعرِ باوتھ کران۔ کٔشیرِ ہنٛدی سرسبز باغ، آسمانس ہتی کتھہٕ کرن وألی بال، صاف تہٕ شوٚدِ آبکی آرٕ تہٕ سر، رنگ برنگی پوش تہٕ یارِون، چھچ دار تہٕ طراوت بخش بوٗنہٕ باغ چھِ پرٕنہٕ پأٹھی وُتشاول تہٕ تخلیقی صلاحیت تھاون وألس کأنسہِ تہِ فنکار سنٛدِ خاطرٕ چھُ یہ ماحول سیٹھاہ موافق۔ نازکی صأبنِ اُردو کیٚو کأشر شأعری پرنس دوران چھِ کٔشیر ہنٛدی مأری مندی عکس تہٕ آکار درینٹھی گژھان۔ اتھ پیٹھ اوس تمن فخر تہِ تہٕ اتھ ہتی پنٕنہٕ وابستگی ہنٛد اظہار چھِ ییتھہٕ کٔنی کران۔

میرے کشمیر کی ہر شے حسین ہے
یہاں کی ہر پہاڑی نازنین ہے
فلک پر اس زمین کی سرزمین ہے
فلک خود جھیلِ ڈل میں تہہ نشین ہے



یہ شب مہتاب یہ پانی سے مالا مال جھیل
دامنِ کہسار کا جھرنا ہے سلسبیل
ہر ادا مخمور، ہر جانب سکوں ، ہر سُو سکوت
ہر پہاڑی طوٗر، ہر منظر حسیں ، ہر شے جمیل



نازکی صائبنس کلامس اندر چھےٚ واریاہن جاین ڈٔلچ تہٕ مانسلچ تصویر کشی کرنہٕ آمٕژ تہٕ یہِ تصویر کشی چھِ سیٹھےٚ خوش یوٗنی تہٕ توجہَ طلب مثالہِ باپتھ وُچھو مانسبلس متعلق کیا چھِ ونان ۔

زمینس پٹھ ژٔلتھ وٗژھ سورگہٕ حورا
کشیر آیس دلس پنٕنس برابر
رٔٹتھ کھأجکھ ژٔجس أش دار نیرتھ
دپاں تتھی ناو پیٚوو مانسبلُک سر



اتھی سرس متعلق چھ أکس اردوٗ رباعی منٛز یمہِ انمانہٕ باوتھ کران ۔
اک سہانی چاندنی رات اور مانسبل کی جھیل
حُسن کی چپُ چاپ دُنیا، خلد کا عکسِ جمیل
دور تا حدِ نظر سرسوں کے کھیتوں کے قطار
آرزو کا سلسلہ لاانتہا فرصت قلیل



میر غلام رسول نازکی یم موروض پنٕنس کلامس اندور تاوان چھ۔ تَمو منٛز چھ بیشتر

کشیرِ ہندِ فطری حُسنکی مُنا ظر۔ اِدِ تمن کو نہٕ آسہِ کتھ بدل وٕنۍ مگر یم موروض ورتاو تھ چھ تم پٕنن کلام دوشوٕنی سطحن یعنی خاصن ہندِس سطحس پیٹھ تہٕ عوامی سوتھرِس پیٹھ تہِ قابلِ قبول بناوان مثالہِ باپتھ وُچھتو یم زٕ ٹُکھ ۔

ہوا ترووُن تہٕ گوٚ وولرس تلک پیٹھ
ملکھ وٕتھی زنتہٕ دِژ ابلق گُرِ ہو ہٹھ
سہ پہرا ہیوٚ ہیوٚتُن واتُن ہمیوٚ واو
ژٕ رِکس تل موکھتہٕ ووتھ ژھوٹھ کھوٚت بٔتھن پیٹھ



چھِ بولان گانٹھ گرہد، بُلبُل چھُ خاموش
دٔرُ سگوکھ ہٕرتھ پیٚے زعفران پوش
مسیحن پھاسی، سقراطن دِتُکھ زہر
پٔری روخسار عفرپتن ہم آغوش



انتخابِ کلام

# شأعری

تمنّا چُھم پنُن ہِر ڈیشہِ ہا فاش
بڑ مان چُھم زُو بو وُچھہن کیُتھ چُھ نقاش
أنِس چھم عقلہِ ہٕنز لۄراہ اَتھس کیتھ
گرٕھی کیا کم دِتم دِلچن أچھن گاش



نہ چُھم سوزاہ نہ چُھم داغاہ جبینس
خلوٗصاہ یُس مےٚ کرِ ہے صاف سینس
دِلس منٛز چُھم بُسِتھ معبودِ ساساہ
دِیوٚتُم سٲجداہ ٹھولاہ لاَیِم زمینس



زمینس ، دولتس باغن تہٕ جاین
سوکھن مُہمن ، دوکھن دادہن بلاین
گُرہن گُپنن شُرہن بأڑن تہٕ باین
نمان چُھس اردٕہن ساسن خداین
سو سوندرمال پھیران أس آرن
کنن گوٚو وِگنہِ ونہِ وُن سبزارن

ژلان تھپہِ تھارِ بُتھ چھوٗل آبشارن
دپان ٹلی ٹارِ نظراہ کر بہارن



سِتارو زۄنہِ وۄن وُچھ سأنی محفل
ژےٚ کیاہ گوٚے کیازِ چُھکھ رۄزِتھ ژٕ تنہا
ووشاہ ترأوِتھ کرن نظراہ تہٕ وۄننکھ
گوٚژھم اکھ محرماہ ییس راز ونہا



زمینس پیٹھ ژٕلِتھ وٕژھ سورگہٕ حوٗراہ
کشیر آیس دِلس پیٹھس برابر
رٕٹِتھ کھأجکھ ژٕجس اٙش دار نیرِتھ
لکُو تتھ ناو کوٗر مانس بلُک سر



اکھاہ بۄزُم وناں غم گوٚژھ نہٕ آسُن
مٔلکھ بنہِ ہا ، سبٕھاہ آزاد گژھہٕ ہا
مےٚ دوٚپ مَس غم چُھ پیغمبر بناوان
مےٚ نے غم آسہِ ہے برباد گژھہِ ہا
یہ چھےٚ انسانہٕ سِنز بٔڈ ہش علامتھ
یہے کتھ بر زبان چھس تاقیامتھ

أزیُک دوہ کیٛاہ ونے کوتاہ کُڈر پیوٚم
سبٹھاہ رٔتی دوہ کجامس راتھ تامَتھ



ہلاکو خان بغدادس دِواں نار
کراں اکبر جلال الدین دربار
یِوان دوہ پأٹشہِ ژھوہ ماراں تہٕ گٔذراں
پتو ژُھے تاوُن بازر یہِ سمسار



یوٚ تامتھ وارِ چُھکھ درِدست ژُھے کار
توٚ تامتھ بأے تے شُری بأژ تے یار
خدارٔ چھنے مہ گُٔژھی نے زانِہہ تہِ ہیوٚر بون
یہ دُنیا ژُھے دَمس ستی نمسکار



کراں افراسیابن مارِ یاوُن
کمن سوندرن کرٛاں آوارِ یاوُن
سبٹھاہ جأبر تہٕ زور آوارِ یاوُن
گرٛھاں لوٗٹھاہ گُٔرِتھ دوہ تارِ یاوُن
جنداہ لأگِتھ اکھا آسان قلندر
چُھ ترٛاوان لوٗنٹھ چیٚرتھ ستھ سمندر

مہ سَن ناوَن تہٕ شکلن وُچھ حقیقتھ
سکندر بخت چھا پزٕتھ کانٛہہ سکندر



سَتن اُٹھن دوٚہن ہنٛز زِندگانی
یہِ ژون پانژن ژِہن ہنٛز نوجوانی
کرِس نا شُکر روزِس نا رضا مند
ژٕ وَن کرٕمژ چھنم نا مہربانی



تخیُّل میٲنۍ پھیراں کائیناتس
کراں آوارٕ گردی شش جہاتس
ژھنڈِتھ تژاواں چھُ ارداہ ساس عالم
قیامتھ چھم مےٚ آسان راتۍ راتس



یہِ دُنیا زونمُت چھُم زن تہٕ نیٚوٕ راہ
کھوان چھُس گاسہٕ تیرن ستۍ تیٚوٕ را
خبر روٗزِم نہٕ ژوپُس رامہٕ ہونو
اوٗنُم پہلس تہٕ پانس ستۍ گیوٕ راہ
نبس لوٗگ نار وِج ووٚلے یہِ ووٚتھ واو
اڈٕہن لج بوٗٹھ، اڈٕہن پھٹ بوٗٹھ لگِتھ ناو

مےٚ ژونن ہاٗژن مہٕ بر اندیشہٕ غم تڑاو
چُھ پانے واو، پانے ناو، دٔریاو



چُھ علمس مشغلے مُشکِل پسندی
سیٚزن سادن کتھن مُشکِل بناوان
یہٕ آدم زاد کم کم کار کرِ ہے
بچارِس عقل چھس بُزدِل بناوان



مکانٕک بامہٕ رٚوستُے پور دُنیاہ
دوہے اوٚدرٕے لبن ہُنٛد بور دُنیاہ
ہتس وٕرِیس تہٕ ہرگاہ زِندٕ روزکھ
پتولاکن چُھ وانٛجٕ وور دُنیاہ



پرٛژھم زارٕبن ڈوپکھ چالاہ چُھ دُنیاہ
پُجکن ہندی کٔنٛز اوٚدُر مالاہ چُھ دُنیاہ
دپاں داندر ندٕرٕ والاہ چُھ دُنیاہ
قرآنن وٚون زٕلرٕ زالاہ چُھ دُنیاہ
چُھ بیٚون بیٚون عالمن بیٚون بیٚون زمیناہ
اگر تتہٕ آسہِ کانٛہہ تس آسہِ دیناہ

پننٕ پأٹھن پنُن مکہٕ مدینہ پناہ
کُنُے چُھکھ رحمتہً للعالمینا پناہ



سو رونق عالمُک زینتھ جہانُک
زمینُک آبروے دِل آسمانُک
سُہ عرشُک سربراہ ، فرشُک شہنشاہ
مکانس درجہ تیٚمی دیُت لامکانُک



ژ چُھکھ معبودٕ سُنْد محبوب یِکھنا
ژ چُھکھ دون عالمن ہنٛز شوٗب یِکھنا
رَتس چھہم دَتھ گُمژ محبوبہٕ میٲنے
نظر کرتم تہٕ ژلہِ ہمم لوٗب یِکھنا



یہے عزت یہے چھم نیک نأمی
أمی چیزن کوٚرُس نأمی گرأمی
کھورن تل چھِم سکندر جم تہٕ دارا
حبیبٕنٛس چُھم تہٕنْد داغے غولأمی
مُسلمان چُھس یہے چھم نیک نأمی
نسب چُھم شاہِ بطحا سٕنٛز غولأمی

وطن چھُم وسعتِ اللہ اکبر
نہ چھُس مصری نہ چھُس ترُکی نہ شاًمی



رٕحم پیٚج تھوو وانس پیٹھ نٔبر چھان
کرِم ناًوِد چھُ تٔمۍ ہشٕز توٗر وایان
زمانے گو پھِرِتھ سورُے پھِرِتھ گو
دیان گاٹلۍ ہلبن بانن وُکری ٹھان



چھُ فر فیزن اندر انگریز کاًشُر
اَتھو کٕنۍ سوٚت کتھو کٕنۍ تیز کاًشُر
بٔنِتھ حاًکم دباواں میز کاًشُر
لماں ریڈس ، گوٕاں گرُیز کاًشُر



وُہن آنن تہِ چھم ہیٚرٕ مژ مےٚ داں کھار
دٕہن آنن تہِ چھُم سُومُت مےٚ شلوار
ووٕں چھُس زالاں ہتس روپیس رتس زیٚن
نہ تتھ ریٚہہ تے نہ تتھ دٕہ تے نہ تتھ نار
أزُیک تہذیب چھُے پردس وٕلِتھ لاش
زماناہ واتہِ ساًری ہٕر گرٕھن فاش

گرٛھن یکبار سأری چھٹتی کرٛہنٕ نٔۍ
ژٕلن گٹہٕ، بالہٕ ییتالین پیٛین گاش



أچھن منٛز اۆش چُھ ہۆکھمت ماتموٗ ستی
دِلس نِلہٕ پِل گوٚمُت پیہم غموٗ ستی
کراں چُھس صُبح شامس ، شام صُبحس
دِوری کنہِ بال چُھس پڑاٹان نموٗ ستی



کرٕنی پزِ ہے مےٚ چأنی کتھ ، کتھا أس
سرٕنی پزِ ہے مےٚ چأنی وَتھ ، وتھا أس
منگان روٗدُس بہٕ وپرٕن ٹنگ ، غلط گوٚو
تھوٕنی پزِ ہے مےٚ چأنی سَتھ ، ستھاہ أس



مےٚ وُچھ خوابس اندر آبس لگان نار
ہٕہَس پُرٛھلوہ دواں لاکھ کراں لار
وٕتھن ہُنٛد آب دوراں ہرموکھس کُن
تلا تعبیر ون ونہٕ نس چُھیا وار
چَھ بٔڈ دولت تہٕ نعمت بے نیأزی
نظر تھو تھٔز مَہ کر ہرگز ایأزی

بنکھ مسجودِ محمودانِ دُنیا
وُچھکھ پانے ژِ تمُی ہِنز کار سأزی



غزل جوراہ پرو دُنیا چُھ فأنی
کتھاہ باتھاہ کرو دُنیا چُھ فأنی
کرو کینژَن دوہن ہنگامہٕ برپا
پتولاکن مرو دُنیا چُھ فأنی



پنِنۍ تابندگی لَب آبہٕ قطرن
بُنتھ گۆو موختہٕ پھۆل دُردانہٕ وێسی یے
سُہ یُس پننِن رفیقن منٛز کُنے روٗد
چُھ تَس گُلشن تہٕ خلوت خانہٕ وێسی یے



# غزل

یپاٲرؠ وُچھ، چھَ دلاویز صوٗرتِ پرویز
ہُپاٲرؠ وُچھ تہٕ چھ فرہادٕ ہشٕز نظر خونریز

اگر نہٕ پانہٕ ژٕ پانس مدد کرکھ راوکھ
کھہنے پژٕھی نہٕ زمانس قدم چھُ واراہ تیز

علاج کۆر تہٕ مگر کار گر سپُد نہٕ زانٛہے
مےٚ توٚگ نہٕ زانٛہہ تہِ بیمارٕن اندر کرُن پرہیز

پگہہ چھُ سونتھ پگہہ پٲٹ کڈن زمستانس
ہوا چھُ کالہٕ پیٹھے از سبٕھاہ نشاط انگیز

پگاہ نشاط گرٕھو شالہٕ ماٲرٕ ویٚوٗر ٹلو
غمن بلاے ژٕھنو ژوف کرو پرو گُلریز

نژان چھِ نقل شےٚ سَتھ کانٛہہ نہٕ کاٲنٛسہِ ہستی رلان
دپان کیٚمو چھُ کھیٚومُت پژون اصل دستاویز



# غزل

کس شے کی تجھ کو اے دِلِ ناداں ہے جستجو
کس چیز کی طلب میں بھٹکتا ہے کُو بہ کو
خالی ترا ایاغ، شکستہ ترا سبُو
محفل تری اُجاڑ، طلب کم ، تہی کدُو
خون جگر سے تو نے کیا ہے کبھی وضو
چاکِ جگر سے پہلے ہی اندیشہ رفو
خلوت میں تجھ کو فکرِ تماشائے چارسو
جلوت میں تجھ کو و فرنہ وقعت نہ آبرو
آنکھوں سے بن کے اشک نہ ٹپکا ترا لہو
کرتا ہے نعتِ احمد مُرسل کی آرزو
مدحِ رسول پاک ارے تو کرے گا تو



# غزل

بے سبب مثلِ مہہ نو کا ستم
یافتم زاں بیش کز تو خواستم

تاتو رفتی دل رمیدہ از سینہ ام
آمدی ، من از میاں برخاستم

کج روم از من اگر دُزدی نظر
راست بینی راست گویم راستم

بے تو بودم منفرد در انجمن
باتو خلوت راچو بزم آراستم

گر کُند ساقی نگاہِ التفات
ساغرو جام و مَے و میناستم

نے رفیقے صحبتے نے ہمدمے
یکہ و تنہا دریں صحراستم



# شہرآشوب

''شہر آشوب'' چھےٚ سو نظم یتھ منز زمانک بدلُن، اخلاق بِگڑُن، عادت خراب گڑھن، شریف لوٗکن ہنز خاٗری، رزیلن ہُند بارسَس یِنُن، أچھن پچھ پھیُر گڑھُن، مٗژ آب وغارکُ زِکر سپُد مت آسہِ'' (ادبی اصطلاح: غلام نبی فراق: ص: ۱۲۰)

وارِ وارِ آیہِ شہر آشوب اکھ بیوٚن صنف مانن، حالانکہ اُردو تہٕ فارسی زبانن منز أس اِبتدأیی شہر آشوبن ہنز ادبی حثیت محض لطیفن تہٕ چاٹھن تام محدوٗد۔ عبدالاحد آزادان چھُ شہر آشوبس متعلق لیٚوکھمت:

ادبس منز چھ نفرت کہن جذبن ہنٛدی لطافت تہٕ کثافتہٕ حسابہٕ ترےٚ قسم نظرِ گژھان۔ ہجو، مزاح تہٕ طنٛز۔ ہجو چھِ نفرتکی مُذہم جذبات۔ مزاحیہ ادب چھُ ظرافت تہٕ متانت کہِ توازُن ستی پأدِ گژھان۔ طنٛز چھُ ناو نفرت۔ کس شدید احساسَس منز بوڑونہٕ آمژن اسن ترایِن تہٕ چُٹکلن ہنٛزِ تبدیل سپدیمژِ صوٗرژ ہُند۔ کاشُرِس منز لیکھنہٕ آمژن ''شہر آشوب'' نظمن ہُند رنگ چھُ عموماً مزاحِیہ'' (کشمیری زبان اور شاعری جلد: ۱۔ ص: ۲۵۴)

یودوے آزادنہِ یِمن خیالاتن ستی اختلافچ گُنجأیش موجوٗد چھےٚ مگر یتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانٛہہ اختلاف زِ سأنی ساری شہر آشوب چھِ طنٛز تہٕ مزاح ستی باربٔہ۔ شہر آشوب خأطرِ چھنہٕ کانٛہہ صنفِ مخصوٗص، یہِ چھُ مختلف صنفن منز ونہٕ آمُت مگر امیُک خاص پرٛ پزناوُن نشانہٕ چھُ اتھ منز باونہٕ آمُت اخلأقی زوال، مذہبی، سیأسی تہٕ سمأجی استحصال۔

برونٛہہ کالہٕ آسہٕ یژھہٕ نظمہٕ شہرن تہٕ شہر باشن ہنزِ تباہی تہٕ بدحالی ہنزٕ مرثیہٕ ہشِ مگر یێلہٕ شہرآشوبن منز طنز تہٕ ہجو استعمال کرنہٕ آو، یِمو رٕٹ پنٕنی بێون بدون پچھان۔ شہرآشوب ہیکہ رُباعی تہِ آستھ، کانٛہہ مثنوی تہٕ کانٛہہ ژھوٹ نظمِ تہِ فارسی تہٕ اردو زبانن منز آواتھ صنفس عالم آشوب تہٕ دہرآشوب تہِ ناو دِنہٕ مگر موضوٗع تھووکھ سُے یُس شہرآشوب باپتھ مخصوص چھُ۔

کاشُر زبانٕ منز تہِ چھِ وار یہو شاعرو شہرآشوب لیکھی مٕتی مگر عبدالاحد نادم، عبدالوہاب پرے، تہٕ ژرار کِس حسن گنائی سٕندی شہرآشوب چھِ مشہوٗر۔ بقول نشاط انصاری۔

"اگر شہرآشوب کہِ مخصوٗص ناوِ بدلہٕ یێتہٕ کھوکیٛژٕ وشاعرو تتھی کینٛہہ بٲتھ لیکھی مٕتی تہِ چھِ یِمن منز کانٛسہِ پیشہ ورس متعلق کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ پہلو وتلاونہٕ چھُ آمُت تہٕ مرکزی خیال تہٕ موضوٗع تہِ چھُ سُے، یُس شہرآشوبہٕ خاطرٕ لازمی چھُ۔ سُہ تہِ ہیکہٕ شہرآشوب کِس زُمرس منز یِتھ مثلن پٔہلی نامہٕ، گرٕسی نامہٕ، بُنٛلی نامہٕ، سہلاب نامہٕ بیترٕ۔ امے قسمچ اکھ نظم "آشنٕ تہٕ آشنٕ" چھےٚ ولی اللہ مٕتو "ہی مال نأگر رائے" مثنوی منز لیچھمژٕ۔ موضوٗع تہٕ مرکزی خیالہٕ کِنہ ہیکو تتھ نظمہِ تہٕ شہرآشوبکُ درجہ دِتھ" (سأنی اصنافِ سخن:ص:۸۸)

میر غلام رسول نازکی سٕنزٕ اکثر رُباعیہٕ چھےٚ شہرآشوب کِس وانگس منز یِوان۔ چونکہ تہٕندس اکثر کلامس منز چھےٚ ظرافژ زیرین لہر تہٕ چاش تہٕ باش ہُراوان تہٕ وأنجہٕ تہٕچھ تراون وأنس اندازس منز کتھ پِلناونس منز مدد کران لہٰذا اچھنہٕ سُہ ٹاسر یار پرأوِتھ ہجو بنان بلکہِ خوش یوٗن طنز، زنتہٕ پوشہِ کان۔ وارِیہن رباعین ہنٛدی مرکزی خیال چھِ اخلأقی قدرن ہُند بگاڑ، ترقی ہنٛدس ناوس پٮٛٹھ ظُلم وستم، حأکمن ہنٛدی عأش تہٕ ماتحتن ہنٛدی ارٕسر، زمانکی رنگ، بے جادُنیا پرستی، چاپلوٗسی تہٕ سیأسی کیٛو مذہبی استحصال۔ بقولِ ڈاکٹر نذیر آزاد:

''میر غلام رسول نازکی سِنٛدِس طنز یہٕ کلامس اگراز کل چھِ مابعد جدید فکرِ ہنٛدِس پۆت منظرس منٛز وچھنہٕ یِیہِ، شاید سپدن اسہِ نہ صرف پننہٕ اجتماعی سائکی تہٕ پرانین متنن ہنٛدی نٔوی انکشاف بلکہِ سپدِ تِہنٛزِ طنزیہٕ شاعری ہُنٛد اعتراف، تِہُنٛد منفرد اسلوٗب پرٛزِ ناونس منٛز مددگار۔ اَمہِ سٟتی سپدِ تِہنٛدِس عظمتس منٛز اضافہٕ نہ کہ کمی یِمیُک خوف سانین تنقید نگارن چھُ۔''

(نٔبج: جلد:۳:شمارٕ:۴)

رٔحم پٔج تھووانس پٹھ نٔبرِ چھان
کٔرِم نأیدِ چھُ تٔمی سٟزٕ توٚر وایان
زمانٕہ گۆو پھِرِتھ سورُے پھِرِتھ گۆو
دپان گاٹلو ہلِہن بانن وُکرٕی ٹھان



شریفاہ لٚس کلس کھوٚتُمت کمیناہ
خراہ لٚس باگہِ آمٕژ نازنیناہ
لگان دب راتہٕ کالن گاش دارس
تمبر کأنِس اتھس کیتھ لال ٹیناہ



چھِ بولان گانٹہٕ گربد بُلبُل چھِ خاموش
دٔژُر سِگوتھ ۂرتھ گٔے زعفران پوش
مسیحن پھاسی سقراطن دُیتکھ زہر
پری رخسار عفریتن ہم آغوش



وُچھان چھُس رنگِ دنیا چھُس کھیوان تراس
ژلان چھُم دِل گژھان چھُم پأدِ وسواس
نظر کرگاٹہٕ للہٕ شوشس پیٚوان پُش
وچھان گژھ احمقن ساسن کران ڈاس



بہ چھُس اعلیٰ سیاست کار چھُس نا
غُنڈن ہُنٛدیب شریف آزار چھُس نا
بہ چھُس گوربن دپان تُہۍ گوٚو نظامی
بہ چھُس لوربن گنڈان دستار چھُس نا



پٲژ میٚوشتہٕ وُہوٕ رِہو پیٹھہٕ یم سیأسی تہٕ سمأجی حالات کأشر بو وتراً وی، تِمن ہنٛدی منفی اثرات چھِ ٹاکارٕ۔ ماحولس اندر گییہ بدامنی پأدِ، خوف تہٕ دہشت پھہلیو، اکھ أکِس پیٹھ روٚدنہٕ اعتماد، ہمدری تہٕ غم خواری ہنٛدی جذبہٕ گئے کم۔ من رنٛزونکی روایتی وسیلہٕ بدلییہٕ۔ انتشار گوو پأدِ۔ امہِ سارے صورت حالکۍ اثر روٹ نظر باز تہٕ دانشور شاعر میر غلام رسول نازکی صأبن تہٕ اِمہِ کِس نتیجس منز آیہٕ یژھہٕ رباعیہٕ وجوٗدس، یمن منز افسوس تہٕ چھُ، طنز کُہ مذہم مذہم لو تہٕ وأے ورتاوتہٕ چھُ تہٕ حقیقت حالکۍ تصویر تہٕ چھُ یژھہٕ رُباعیہٕ چھےٚ شہرآشوب تہٕ

کشیراہ أس، اتھ اچھہِ دارِ کیٚا گوٚو
رواداأری تہٕ تتھ پژ پرارِ کیٚا گوو
اماتھ ژرارٕ چے برہہ وارِ کیا گوٚو
ودان کونگہٕ وأر کتھ پرٕ وارِ کیا گوٚو

وطن رشکِ چمن اوسُم تہٕ کیٚا گوس
چھکان عنبروتن اوسُم تہٕ کیٚا گوس
تباہی قتل وغارت ،خوٗن ناحق
ونے کیٚا گُس وطن اوسُم تہٕ کیا گوس



ونن گاہٕز کُنی شہرن تہٕ گامن
کنن منٛز شورِ محشر خاص وعامن
برن ہاٗنکل تھٔوِو، دارٕبن دِیِو تاٗری
گرن منٛز خوف وتہِ پکنس تہٕ کامن

تاہم چھےٚ میر غلام رسول نازکی سٕنٛز ژُونزاہن بندن (۲۱۲شعر) پیٹھ مشتمل اکھ طویل نظم کاشرِ زبانی منٛز لیکھنہٕ آمٕژ اکھ خاص شہرآشوب۔یتھ منٛز کٕٹھہٕ پیرن درویشن،ظالم سرکاری کارندن ، تنخواہ دارغنڈن، لوٗٹرٕ بن ،بے عمل عالِمن ،عاشہِ متٕبن سرکاری افسرن،چندٕ ژوٗرن ، وتھ ڈالن والیٚن رہبرن ،عزت وآبروہس خیانت کرن والیٚن ،دروگی فروشن، اللہ تعالیٰ ہس نافرمانی کرن والیٚن ، بےشرمی تہٕ بے حیائی، اسرافس ،جہالت پھہلاون والیٚن علمی مرکزن تہٕ باقٕے کٲہِ یاہ موضوعن متعلق مذہم مذہم ظرافژ سان خیالہٕ باوتھ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ژکہِ چھےٚ یہِ سانہِ زمانٕچ حقیقت۔نازکی صابٕن چھُ امہِ شہرآشوبکُ عنوان ''بارخدایا پاپ نوار'' تھووُمت ۔بوزوے تہٕ سورُے شہرآشوب اَتھی بحرِ تہٕ وزنس منٛز لیکھتھ چھہٕ یہِ نظم اکہِ حسابہٕ حضرت شیخ نورالدین ریشی سٕنٛز ''بارخدایا پاپ نوار'' نظمہِ ہٕنٛز تضمین ،ووں گوٚ وحضرت شیخ سٕنٛز نظم چھےٚ ناقدانہٕ تہٕ نازکی سنٛز نظم چھےٚ ظریفانہٕ تہٕ تہٕ ناقدارنہٕ تہٕ ۔میانہٕ خیالہٕ چھُ عبدالاحدنادم سٕنٛدِ ''تہٕ زاوس تیٚلہِ کُفارن عار'' شہرآشوبہٕ پتہٕ نازکی صابُن یہِ شہرآشوب واریاہ اہم تہٕ وسعتہٕ وول تِکیاز

امکۍ موضوع چھِ نادم سٕنٛدِ شہر آشوبہٕ کھوتہٕ زیادٕ تہٕ اکۍ ہمہ صدی ہنٛدۍ موضوٗع۔ اکھ کتھ چھےٚ ضرور نازکی صأبُن شہر آشوب چھُ اکھ سمأجی تواریخ بنان، ووں گوٚ وحقیقت پسندانہٕ اُستھِ چھنہٕ اتھ منٛز شاعرانہٕ تھز۔ رمگر سادگی چھس تیٚژ زِ کُنہِ تہٕ زہنی سوٚتھر یُک شخص ہیٚکہِ امہِ ستۍ متأثر سپدِتھ تہٕ سوٚنچس درسہٕ دِتھ۔ اتھ منٛز چھےٚ پرٕتھ بندس اندر سانہِ سماجِچ کاٹھہ تصویر موجوٗد۔

وقتاہ تیٚتھُ اسہِ باگنہٕ آو ئہ چھُ تتھ بُتھ ئہ چھُ تتھ ناو

سمیاہ سخت کڈرٕ، دشوار بار خدایا پاپ نوار

یاد نہ کأنسی روزِ حساب ژوٗر زنا کأری تہٕ شراب

خاصن عامن ہُنٛد وبا ر بار خدایا پاپ نوار

ظألم چھُ آرٕم، ووٚنۍ تہٕ گوٗر زِنۍ ہانٛز، ڈریور، چھان مزوٗر

سرکأری افسر رُشوت خوار بار خدایا پاپ نِوار

''عزت وآبرو'' نأزل گوو قومس یکدم حأصل گوو

ژوٗر خیانت بڑشٹا چار بار خدایا پاپ نوار

حأکم لوٗکن آیہِ مہمان کورہن نژنکھ دراو فرمان

گانٛن اتھہِ لوٚگ مُلکُک کار بار خدایا پاپ نوار

مالِن ماجن ہٕنٛدۍ اولاد پالان کولہِ ییَن ہنٛدۍ ارشاد

ہووُرہن مہمیز، مول موج خوار بار خدا یا۔ پاپ نِوار

احساسس پیٚیہِ پرٕتھ انٛد چوب حأصِل ضرب چھُ شہر آشوب

تانٛن دگ وُژھ گوٚو اظہار بار خدایا پاپ نوار



# نثری نمونہ

## اسلام میں تصوّرِ جمال

اسلام کے ساتھ ہی بانئ اسلام کا تصور آنا ناگزیر ہے۔ کیونکہ اسلام کے تصور کا خالق اگرچہ خالق کائنات ہے لیکن حضور رسالت مآب صلی اللہ علیہ وسلم اس کو دنیا میں عام کرنے کا ذریعہ بن گئے۔ حضور کو اس معنی میں بانئ اسلام کہنا دُرست نہیں بلکہ پیغمبرِ اسلام کہنا زیادہ صحیح ہے۔ لیکن حضورؐ کے نامِ مبارک کے ساتھ یہ اصطلاح بھی چل پڑی ہے۔ اس لئے اسے استعمال کرنے میں حرج بھی نہیں۔ جب ہم اسلام کے کسی پیغام یا کسی پہلو پر نقد و نظر کریں گے تو ظاہر ہے کہ پیغمبرِ اسلامؐ کی ذاتِ بابرکات ضرور سامنے آئے گی۔ اسلام میں تصورِ جمال کا تفصیلی جائزہ لینے سے پیشتر اس لئے ہمیں خود پیغمبرِ اسلامؐ کے جمال و تصوّرِ جمال کو سمجھنا ہوگا۔ تاریخ اس بات پر متفق لرائے ہے کہ حضور علیہ الصلوٰۃ والسلام مردانہ حُسن کا کامل نمونہ تھے۔ بے داغ، بے عیب اور ماہِ کامل کی طرح بے کم و کاست۔ حضرت علیؓ فرماتے ہیں۔ ایک روز چاندنی رات میں حضورؐ سرخ رنگ کا حلہ پہنے بیٹھے تھے۔ ہم ایک نظر ان کو، ایک نظر چاند کو دیکھتے تھے۔ مگر خُدا کی قسم حضورؐ چاند سے زیادہ حسین، دل فریب اور خوبصورت تھے۔ ''وَاللہِ مَارَاَیْنَا مِثْلَہٗ قَبْلَہٗ وَلَابَعْدَہٗ''۔ آپ ہی کا فرمان ہے۔

حضور کی چھٹی بیوی اُم المومنین حضرت عائشہ صدیقہؓ ایک شام کوئی کپڑا سی رہی تھیں۔ گھر میں اندھیرا تھا۔ سوئی ہاتھ سے گری۔ اتنے میں حضورؐ تشریف لائے۔ آپ

کے جمالِ جہاں آرا سے سُوئی چمک اُٹھی۔ حضرت عائشہؓ بداہتاً بول اٹھیں ۔۔۔

"لوامی زلیخالو راین جینه لاثرن بالقطع القلوب الأیدی"

حضرت یوسفؑ کی عاشق زار زلیخا کا عشق بدنام ہوا۔ تو مصر کی عورتوں میں چہ میگوئیاں ہونے لگیں۔ سب نے زلیخا کو ملامت کی کہ وہ ایک زر خرید غلام کی زلفِ گرہ گیر میں اسیر ہوگئی ہے۔ زلیخا نے ان سب کو کھانے پر بُلایا۔ کھانے کے بعد اُنکے سامنے پھل رکھے گئے اور ان کو کاٹنے کیلئے چھُریاں موجود تھیں ۔ جب ان خواتین نے چھُریاں ہاتھ میں لیں تو یوسفؑ اُن کے سامنے آگئے۔ ان کے ہوش اُڑ گئے اور وہ پھل کاٹنے کے بجائے اپنے ہاتھ کاٹنے لگیں۔ حضرت عائشہؓ فرماتی ہیں، کاش وہ میرے اس یوسفؑ کو دیکھتیں۔ تب انھوں نے ہاتھ کاٹے تھے، اب اپنے دل کاٹ دیتیں۔ حضورؐ کے جمال کی تکمیل اُن عادات واوصاف سے ہوئی جو اللہ کی طرف سے اُنکو عطا ہوئے تھے۔ وہ باحیا دوشیزہ سے زیادہ شرمیلے، قادرالکام شاعروں اور ادیبوں سے زیادہ خوش گفتار، بادِصبا سے زیادہ خوش رفتار اور عادات واطوار کے اعتبار سے دِل پذیر تھے۔ مکّہ سے مدنیہ ہجرت فرمائی تو مدینے کی لڑکیاں اُن کے لئے استقبالیہ گیت گا رہی تھیں۔

"اَشرَقَ البُدرُ عَلَینَا مِن ثَنِیَاتِ الوَدَاعِ"

مشرق کی پہاڑیوں کے پیچھے سے ہم پر چاند طلوع ہوا

ظاہر ہے کہ جس انسان کو اللہ کی قدرتِ کاملہ نے اپنے بے پایاں حُسن کی دولت سے اس حد تک مالامال کر دیا ہو، اس کی اپنی حُسن پسندی اور جمال نوازی کیا ہوگی ۔ایک روایت سے حدیث ہے "اللہ جمیل" "ویحُب الجمال"۔ اسکا مفہوم ہے کہ خدا حسین ہے اور وہ حُسن کو دوست رکھتا اور پسند کرتا ہے۔ مجھے حدیثوں کی جرح وتعدیل

کا علم نہیں۔لیکن یہ عام اصول میرے سامنے ہے کہ جو حدیث حضورؐ کی طرف منسوب کی گئی ہے اگر وہ قرآن حکیم کے ارشادات کے مطابق ہے اور راوی بھی ثقہ ہے تو وہ سچی حدیث ہے۔اس عام اصول کے پیش نظر مجھے ذاتی طور پر ''اللہ جمیل'' ویحُب اُلجمال'' بالکل صحیح حدیث نظر آتی ہے۔اوّل اس لئے کہ یہ حدیث اس نبیؐ کی طرف منسوب ہے جو خود حُسن و جمال کا بے نظیر نمونہ ہے اور جس نے حُسن کی ہمیشہ قدر فرمائی ہے۔''اللہ جمیل'' ویحُب اُلجمال'' چار لفظوں کا جُملہ ہے اور نہ صرف اپنی ترکیب سے خود حُسن و جمال کا مُرقع ہے بلکہ معنوی اعتبار سے انسان کیلئے ایک روشن کتاب اور شمع مبین سے زیادہ ہے۔اللہ جل شانہ، کے جمیل ہونے میں کیا کلام ہوسکتا ہے۔کشمیر کے پہاڑ جھلیں، باغات اور وادیاں دیکھ کر کون کہہ سکتا ہے کہ ان کا بنانے والا جمیل نہیں ہوگا۔اقبال نے فرمایا ؎

آتشیں دستِ چنارِ اونگر — کوہ ہائے جنگ سارِ اونگر
پنبہ پرّاں از کمانِ پنبہ زن — لکہ ہائے ابردر کوہ ودَمن
من خُدارا دیدم آنجا بے حجاب — کوہ ودریا وغروبِ آفتاب

ہم کشمیر میں رہتے ہیں، اس لئے ہم کشمیر کے حُسن و جمال کے شیدائی ہیں۔اللہ تعالیٰ کی اتنی بڑی کائنات ہے وہ کتنی حسین ہوگی، شاید اس ساری کائنات میں جس کا کہیں اندازہ بھی نہیں کروڑوں مقامات اور کروڑوں مناظر ایسے ہوں گے جن کے سامنے کشمیری شادابی ہیچ ہوگی۔اس سارے حُسن و جمال کے خالق کے اپنے حُسن کا اندازہ کون کرسکتا ہے اور اس کے جمالِ جہاں آرا کا معمولی سا اندازہ بھی کیسے ہوسکتا ہے۔اللہ جمیل'' میں کوئی کلام نہیں۔اللہ بے شک جمیل ہے، اس کو دوبدو کسی نے نہیں دیکھ لیا، لیکن اُس کی صنعت گری کو دیکھ کر ہر دِل اقرار کرتا ہے کہ وہ جمیل ہے، جس کا

نقش اتنا حسین اور دلفریب ہے۔ وہ خود کیا ہوگا، بدصورت آرٹسٹ حسین آرٹ کی تخلیق نہیں کرسکتا، بُرا آدمی اچھا شاعر نہیں بن سکتا۔ کمینہ فطرت کا انسان اعلیٰ قسم کا کہانی کار نہیں ہوسکتا۔ اچھا آدمی اچھی تخلیق کرے گا۔ اچھے اور حسین خدا نے اچھی اور حسین تخلیق کی جو پہاڑوں اور دریاؤں کی صورت میں جلوہ گر ہوئی۔ چشموں اور گھاٹیوں کی شکل میں ظہور پزیر ہوئی۔ طلوعِ قمر غروبِ شمس کے روپ میں نظر نواز ہوئی۔ اس دنیا کا حال یہ ہے کہ جہاں نظر پڑتی ہے وہاں حُسن کی کارفرمائی ہے ؎

زِ فرق تابقدم ہر کُجا کہ مے نگرم
کرشمہ دامنِ دل مے کشد کہ جاایں جاست

شرط اس لئے یہ ہے کہ انسان میں شرافت زیادہ ہو۔ وہ رب المشرق والمغرب کی تخلیقات میں حُسن کی تلاش کرے۔ بری چیزوں کی تلاش میں اپنی شرافت انسانی کو محلِ نظر نہ بنائے۔

لطیفہ ہے کہ جانسن نے جب اپنی ضخیم ڈِکشنری تیار کی تو اُن کے پاس ایک عورت آئی اور بولی۔۔۔ ''ڈِکشنری تو آپ نے بڑی عظیم بنالی ہے، لیکن اس میں ایک بڑا نقص یہ ہے کہ آپ نے اس میں فحش الفاظ کثرت سے جمع کئے ہیں''۔ جانسن نے جواب دیا۔ ''محترمہ! اس میں میرا قصور نہیں۔ آپ نے تلاش ہی وہ لفظ کئے ہیں جو فحش ہیں''۔ اس قسم کی سپرٹ ہوتو حسین چیز بھی بدصورت نظر آئے گی۔ نفسِ انسانی میں شرافت کا عنصر غالب ہو، تو ہر چیز میں حُسن نظر آئے گا ؎

برگِ درختانِ سبز درنظر ہوشیار
ہر ورقے دفترے است معرفتِ کردگار

''اللہ جمیل'' کے اصول کو ذہن نشین کرنے کے بعد اس حدیث کا دوسرا

ٹکڑا "ویُحِبُ الجمال "خود بخود ثابت ہو جاتا ہے۔ خدا جمال پسند نہ ہوتا تو حسین وجمیل چیزوں کی تخلیق ہی کیوں کرتا؟ ظاہر ہے کہ اس قدر جمال پسندی کے بعد اُس کا محبوب بندہ بن سکتا ہے جو خود حسین ہو۔ حسین کا لفظ میں وسیع معنوں میں استعمال کر رہا ہوں ۔جس انسان کو اللہ نے اخلاق حسنہ کے زیور سے آراستہ کیا ہے وہ بھی حسین ہے۔ ارشاد خداوندی ہے۔ "اِنَّکَ لَعَلٰی خُلق عَظِیم "۔ آپ کے اخلاق بے شک بہت بڑے ہیں ۔جس کو اللہ نے علم وفضل کی دولت سے مالا مال کیا ہے وہ بھی حسین ہے کیونکہ علم بھی حُسن ہے ۔جس کو خدائے بُزرگ و برتر نے نوعِ انسانی کی ہمدردی اور دوستی کے جذبات سے سرفراز فرمایا ہے، وہ بھی حسین ہے۔ جس انسان کو خدا نے قبول عام بخشا ہے، وہ بھی حسین ہے۔ جس کو وطن اور ملک کی خدمت کی توفیق ارزانی ہوتی ہے وہ بھی حسین ہے، اور ظاہر ہے کہ خدا ان سارے حسینوں کو دوست رکھتا ہے، قرآن اسلام کی بنیاد ہے اور ظاہر ہے کہ قرآنِ حکیم کے ارشادات ہی سب سے زیادہ موثق اور قابل اعتبار ہیں آیئے اس بحرِ بے کنار سے اپنی محدود استعداد کے مطابق چند قطرے نِکال کر آپ کو دکھا دیں کہ قرآن کے فرمودات کے مطابق حُسن وجمال کا تصّور کیا ہے۔ ارشادِ خداوندی ہے

"قُوْلُوْا قَوْلًا حَسَنًا"

لوگو! جب لوگوں سے بات کرو تو دِل لُبھانے والی بات کرو۔ حُسن وجمال سے بولو، سلیقے سے بولو۔ میں ذاتی طور پر اس تین لفظ کی آیت سے اس قدر متاثر ہوں کہ اس پر بڑے سے بڑا لٹریچر قربان کرنا چاہتا ہوں ۔اس کی شیرینی کو صرف محسوس کیا جاسکتا ہے ۔ اس کا صحیح ترجمہ بھی نہیں ہوسکتا۔ صرف اسے حُسنِ مذاق سے ہی سمجھا جاسکتا ہے۔

پھر فرمایا:

"اَلَّذِیۡنَ یَذۡکُرُوۡنَ اللّٰہَ قِیَامًا وَّقُعُوۡداً وَّعَلٰی جُنُوۡبِہِمۡ یَتفکَّرُوۡنَ فِیۡ خَلۡقِ السَّمٰوٰتِ وَالۡاَرۡضِ رَبَّنَا مَاخَلَقۡتَ ھٰذَا بَاطِلاً"

(وہ لوگ جو اللہ کو اُٹھتے بیٹھتے اور سوتے جاگتے یاد کرتے ہیں، اس زمین و آسمان کی پیدائش پر غور کرتے ہیں اور اس نتیجے پر پہنچتے ہیں کہ اے ہمارے رب، تم نے جو کچھ پیدا کیا، وہ بے معنی اور باطل نہیں۔)

زمین آسمان کی پیدائش پر غور کرنے کا مطلب ہی یہی ہے کہ اس کے جمالیاتی اور افادی پہلوؤں کا جائیزہ لیا جائے۔ جب انسان پورے خلوص اور شوق سے ایسا کرے گا تو اسے دُنیا کی ہر شے حسین نظر آئے گی۔ وہ اسے شکست خوردہ ذہنیت کے بجائے پُر امید نگاہوں سے دیکھنے لگے گا۔ اسے دنیا و مافیہا کا حُسن لازوال نظر آئے گا۔ اور یہی حُسن شناسی اُسے نقش سے نقاش کیطرف رہنمائی کرے گی اور وہ بے اختیار ہو کر پکار اُٹھے گا کہ تو نے یہ سب کچھ بلا وجہ پیدا نہیں کیا۔ یہ سب کچھ حسین چیز ہے اور حسین چیز بے معنی، ناکارہ، رائیگان اور باطل نہیں ہوتی۔ اسکا بدیہی اور لازمی نتیجہ یہ ہوگا کہ انسان کا دل صناعِ ازل کی یاد سے ایک لمحہ کے لئے بھی خالی نہ رہے گا۔

اور پھر فرمایا۔

"قُلۡ اَرَءَیۡتُمۡ اِنۡ جَعَلَ اللّٰہُ عَلَیۡکُمُ الَّیۡلَ سَرۡمَدًا اِلٰی یَوۡمِ الۡقِیٰمَۃِ مَنۡ اِلٰہٌ غَیۡرُ اللّٰہِ یَاۡتِیۡکُمۡ بِضِیَآءٍ اَفَلَا تَسۡمَعُوۡنَ. قُلۡ اَرَءَیۡتُمۡ اِنۡ جَعَلَ عَلَیۡکُمُ النَّھَارَ سَرۡمَدًا اِلٰی یَوۡمِ الۡقِیَامَۃِ مَنۡ اِلٰہٌ غَیۡرُ اللّٰہِ یَاۡتِیۡکُمۡ بِلَیۡلٍ تَسۡکُنُوۡنَ فِیۡہِ اَفَلَا تُبۡصِرُوۡنَ"

(آپ کہیے بھلا یہ تو بتلاؤ کہ اگر اللہ تعالےٰ تم پر ہمیشہ کیلئے قیامت تک رات ہی

رہنے دے تو خدا کے سوا وہ کون سا معبود ہے جو تمہارے لئے روشنی کو لے آوے تو کیا تم نہیں سُنتے؟ آپ کہیے بھلا یہ تو بتلاؤ کہ اگر اللہ تعالےٰ تم پر ہمیشہ کیلئے قیامت تک دِن ہی دِن رہنے دے۔ تو خدا کے سوا کون وہ معبود ہے جو تمہارے لئے رات لئے آئے، جس میں تم سکون پاؤ۔ کیا تم دیکھتے نہیں؟)۔

ذرا سا غور فرمائیے۔ تو حُسن و جمال کا صحیح اور بنیادی فلسفہ اس آیت کریمہ کو سمجھنے سے آئینے کی طرح صاف ہو جائے گا۔ ارشاد ہوا کہ اگر تمہاری زندگی میں رات ہی رات ہوتی تو تم روشنی کو پانے کیلئے کتنے پریشان ہو جاتے، دِن ہی دِن ہوتا تو تُم کے نظر نواز حُسن اور سکون کیلئے کیا کرتے؟ واقعہ یہ ہے کہ اس آیت میں حُسن و جمال کا بنیادی فلسفہ بیان فرمایا گیا ہے۔ حُسن کے لئے تنوّع ضروری ہے۔ یکسانیت اور یک رنگی میں حُسن نہیں ہوتا۔ اگر ایک باغ میں ایک ہی رنگ کے پھول ہوں گے تو وہ پھول خار کی طرح کھٹک جائیں گے۔ اگر ساری زمین کفِ دست اور ہموار ہو تو زندگی ناہموار ہو جائے۔ اسی لئے حسینؒ و جمیل خدا نے کہیں خوبصورت وادیاں بنا دیں تو کہیں سر بفلک پہاڑ کھڑے کئے۔

"اَفَلَا یَنْظُرُوْنَ اِلَی الْاِبِلِ کَیْفَ خُلِقَتْ وَاِلَی السَّمَآءِ کَیْفَ رُفِعَتْ وَاِلَی الْجِبَالِ کَیْفَ نُصِبَتْ وَاِلَی الْاَرْضِ سُطِحَتْ"

کیا یہ نہیں دیکھتے کہ اونٹ کو کیسے پیدا کیا گیا۔ آسمان کو کیسے اونچا کر دیا گیا۔ پہاڑ کس طرح نصب کر دئے گئے اور زمین کس طرح ہموار بنا دی گئی۔

یہی رنگا رنگی اور بوقلمونی حسن کی جان اور جمال کی اساس ہے۔ اقبال کے الفاظ میں حُسن کی تصویر میں تغیّر نہ ہو تو حُسن بھی نہ ہو۔ اسی تصور کو سادہ اور بلیغ الفاظ میں اللہ تعالیٰ ارشاد فرماتے ہیں کہ تم خود اندازہ کر سکتے ہو کہ اگر قیامت تک ایک مسلسل دن

ہوتا تو تمہاری زندگی اجیرن ہو جاتی ۔ یا قیامت تک ایک لگاتار رات ہوتی تو تم ایک لحمہ زندہ رہنا پسند نہ کرتے ۔ وہ اکتاہٹ ہوتی جو جان لیوا ثابت ہوتی ۔ اب صورت یہ ہے کہ دِن کا جمالِ جہاں آرا زندگی کا پیغام دیتا ہے اور آدمی تازہ دم ہو کر کارزارِ حیات میں جُٹ جاتا ہے ۔ شام تک اس کش مکش میں تھک جاتا ہے تو رات سکون اور اطمینان کا پیام لاتی ہے، محرم راز بن کر انسان کی محرومی کو دور کرتی ہے ۔ غریب ہو یا امیر، بڑا ہو یا چھوٹا، اسی طلسمِ دوش و فردا اور حیرت خانہ شب و روز میں اسیر ہے اور اسی تغّیر کے سہارے زندہ رہتا ہے ۔ کیا اس سے بڑھ کر جمال کا تصور کوئی اور ہو سکتا ہے ۔ کیا اس سے بہتر حُسن کی عکاسی کسی اور طرح سے ہو سکتی ہے؟ یہی تغّیر ہے جو جمال کو جنم دیتا ہے ۔ نشیب و فراز کی پیچیدگیوں سے حُسن پیدا ہو جاتا ہے ۔ خیر و شر کی کشمکش میں جمال پروان چڑھتا ہے حق و باطل کی آویزش میں خوبصورتی کی دیوی جلوہ افروز ہو کر نکلتی ہے ۔ نیک و بد کی چپقلش میں حسن پرورش پاتا ہے اور خدائے جمیل کی حسین تخلیق یعنی انسان جمالِ لازوال سے ازل سے مستفید ہوتا آیا ہے اور ابد تک مستفید ہوتا رہے گا ۔

اس سے زیادہ واضح الفاظ میں حُسن و جمال کی ہدایت قرآن کی ان آیات میں موجود ہے ۔

"وَالْاَنْعَامَ خَلَقَهَا لَكُمْ فِيْهَا دِفْءٌ وَّمَنَافِعُ وَمِنْهَا تَاكُلُوْنَ وَلَكُمْ فِيْهَا جَمَالٌ حِيْنَ تُرِيْحُوْنَ وَحِيْنَ تَسْرَحُوْنَ وَتَحْمِلُ اَثْقَالَكُمْ اِلٰى بَلَدٍ لَّمْ تَكُوْنُوْا بٰلِغِيْهِ اِلَّا بِشِقِّ الْاَنْفُسِ اِنَّ رَبَّكُمْ لَرَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ وَالْخَيْلَ وَالْبِغَالَ وَالْحَمِيْرَ لِتَرْكَبُوْهَا وَزِيْنَةً وَيَخْلُقُ مَالَا تَعْلَمُوْنَ"

(اُسی خدائے جمیل نے تمہارے لئے مویشیوں اور چوپایوں کو بنایا ۔ اُن سے

تمھیں جاڑوں کا مقابلہ کرنے کا سامان مِلتا ہے۔ اسکے علاوہ اور بھی فائدے ہیں۔ تم انھیں کھاتے بھی ہو، ذرا اندازہ کرو، صُبح جب تم اپنے ریوڑ کو گھر سے نکالتے ہو اور جنگل لے جاتے ہو اور شام کو یہ ریوڑے کر گھر واپس آتے ہو تو یہ منظر کتنا حسین اور دِلکش ہوتا ہے۔ یہی جانور تمہارے بوجھ بھی ڈھوتے ہیں اور مشکل سفر میں تمہاری سہولیت کا سامان بنتے ہیں یہ گھوڑے، خچر اور گدّھے، یہ تمہارے لئے سواری اور زینت کا سامان ہیں۔ اس کے علاوہ بھی اللہ تمہارے لئے اور چیزیں پیدا کرتا ہے جن کو تم ابھی جانتے نہیں۔)

قرآنِ حکیم میں حُسن و دل کشی کا جو یہ منظر بیان فرمایا گیا ہے، اس کا اندازہ کچھ وہی لوگ کر سکتے ہیں جو مال مویشی کے مالک ہیں اور صُبح کے وقت جب چرواہا اپنے ریوڑے لے کر جنگل کی طرف انھیں گھاس چرانے لے جاتا ہے اور شام کے دھندلکے میں تانیں اڑاتا، بانسری بجاتا واپس آتا ہے تو یہ نظارہ واقعی حُسن و جمال کا مرّقع ہوتا ہے۔ اس کا تعلق انسان کی معاشی زندگی سے ہے اور معاشی زندگی کی خوشحالی بذاتِ خود ایک حُسن ہے جس کو قرآن نے بہت اہمیت دی ہے۔ اسی سورہ شریفہ میں آگے چل کر حسین و جمیل زندگی کا ایک اور مرقع پیش فرمایا گیا ہے:

"هُوَ الَّذِیٓ اَنۡزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً لَّكُمۡ مِّنۡهُ شَرَابٌ وَّمِنۡهُ شَجَرٌ فِيۡهِ تُسِيۡمُوۡنَ يُنۡۢبِتُ لَكُمۡ بِهِ الزَّرۡعَ وَالزَّيۡتُوۡنَ وَالنَّخِيۡلَ وَالۡاَعۡنَابَ وَمِنۡ كُلِّ الثَّمَرَاتِ اِنَّ فِیۡ ذَالِکَ لَاٰيَةً لِّقَوۡمٍ يَّتَفَكَّرُوۡنَ"

(اللہ آسمان سے پانی برساتا ہے۔ یہ تمہارے پینے کے کام آتا ہے اور تمہیں زندگی عطا کرتا ہے۔ درخت اور گھاس اُگاتا ہے جس پر تمہارے مویشی پلتے ہیں۔ کھیتیاں لہلہانے لگتی ہیں۔ زیتون اور انگور اور سیب کے باغ نظر فریب ہو جاتے ہیں۔

ہر قسم کے پھل کے درخت دیدہ دل کیلئے نور کا سامان پیدا کرتے ہیں۔ اللہ تعالیٰ فرماتے ہیں کہ ان تمام خوبصورت، دِلکش اور دلآویز مناظر میں سمجھ دار لوگوں کیلئے بہت سے اشارات ہیں۔)

آگے چل کر فرمایا ہے:

"وَسَخَّرَ لَكُمُ الَّيْلَ وَالنَّهَارَ وَالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ وَالنُّجُوْمُ مُسَخَّرَاتٍ بِاَمْرِهِ اِنَّ فِیْ ذٰلِکَ لَاٰیَاتٍ لِّقَوْمٍ یَّعْقِلُوْنَ"

(اللہ نے تمہارے لئے دِن اور رات کا حُسن و جمال پیدا کیا۔ چاند اور سُورج کی ضیاپاشی تمہارے لئے مہیا کی۔ تاروں کو ایک خاص نظام کا تابع کر دیا تاکہ یہ تمہارے ذوقِ جمال کی تسکین کا باعث بن سکیں۔ اس میں بھی اُن لوگوں کیلئے اشارات ہیں جو عقل سے کام لیتے ہیں۔)

"وَذَرَأَلَكُمْ فِی الْاَرْضِ مُخْتَلِفًاأَلْوَانُهٗ"

اللہ نے ہر چیز جو زمین پر پیدا کی، اسے اس طور پیدا کیا کہ ان کی مختلف اقسام ہیں۔ ان کے رنگ مختلف ہیں تا کہ تم اُکتا نہ جاؤ۔۔۔

ہر گلے را رنگ و بوئے دیگر است

"اَلْقٰی فِی الْاَرْضِ رَوَاسِیَ اَنْ تَمِیْدَ بِکُمْ ،وَاَنْهٰراً وَّسُبُلًا"

(زمین پر سر بفلک پہاڑ جو جود ہیں۔ پھر ان سے بلکھاتی، دوڑتی، گرتی سنبھلتی نہریں جاری ہیں۔ سانپ کی طرح بل کھاتے ہوئے راستے موجود ہیں۔)

قرآن کے ان ارشادات کو پڑھیئے اور پھر دیکھئے کہ اسلام میں تصورِ جمال کیا ہے۔ خُدائے حسین و جمیل نے نبی جمیلؐ کے ذریعہ کتنا جمیل تصورِ حُسن بیان فرمایا ہے اور انسان کو اپنی زندگی میں جن چیزوں سے سابقہ پڑتا ہے اُن کے جمیل پہلوؤں کو کس

طرح آشکار فرمایا گیا ہے۔ پہاڑ پر چڑھنے سے انسان کی زندگی خطرے میں بھی پڑ سکتی ہے، اسکا کہیں تذکرہ نہیں کیونکہ یہ اسکا حسین پہلو نہیں۔ دریاؤں اور ندیوں سے طغیانی بھی آتی ہے، اُسکا کہیں مذکور نہیں۔ کیونکہ یہ اسکا بدصورت پہلو ہے، خدائے بُزرگ وجمیل حُسن و جمال کا دِلدادہ اور اسکا خالق ہے، اس لئے وہ اسی کا ذکر فرماتا ہے۔

نہ شبم نہ شب پرستم کہ حدیث خواب گویم
چو غلام آفتابم ہمہ زِ آفتاب گویم

اللہ تعالیٰ کے جو مختلف نام ہیں ان کو اسمائے حُسنیٰ کہتے ہیں۔ حُسنیٰ بھی حُسن سے مُشتق ہے اسکی دو قسمیں ہیں، جلالی اور جمالی۔ ۹۹ اسمائے حُسنیٰ میں سے ۱۵ جلالی ہیں اور باقی جمالی۔ کیوں نہ ہو "اللہ جمیل ویحبّ الجمال" خدائے جمیل کے نبیؐ جمیل کا ارشاد ہے۔ (ماخوز: ورق ورق روشن)



# شیخ العالمہٕ سٕنٛدِس کلامَس منٛز شہر آشوب

شہر آشوب چھِ کأشرِ زبأنۍ اندٕ ار فارسی تہٕ اُردو، پٮ۪ٹھٕ ووتُمت۔ شہر آشوب چھُ فارسی لفظ یمیُک معنے چھُ تمَن فِتنن ہُنٛد حال بیان کرُن۔ یم شہرَس اندر رِسکہٕ رأتج بنےٕ متۍ آسَن۔ اُردو والوٕ نیوٕ یہ فارسی والین نِش تہٕ اَسہِ نِش ووت یہِ یموٕے ذٕریعو کِنۍ۔ اَماپوٚز کشیرِ اَندر بدلیوٚو اَتھ رژھ کھنٛڈ اندٕ از۔ شہر آشوبہٕ کِسےٕ طرزَس پٮ۪ٹھ آے سُہلاب نامہٕ، سَفرَ نامہٕ تہٕ بُنلِ نامہٕ وَننہٕ۔ اصلی تہٕ حقیقی شہر آشوب ۄون گوڈٕ حضرتِ عبدالاحد نأدِمَن تہٕ پتہٕ عزیز اللہ صأبِ حقأنیَن۔ مگر حقأنی صأبُن شہر آشوب چھُ فارسی زبأنۍ اندٕ تہٕ غأر مطبوعہ۔ نأدِم صأبُن شہر آشوب تہِ چھُنہٕ سورُے چھپیومُت کینٛہہ یوٚ تامَت مےٚ خیال چھُ۔ وہاب پرَین تہِ چھُ پننہِ زمانکُ حال بیان کوٚرمُت تہٕ اَتھ تہِ ہیکَو شہر آشوب وَنِتھ۔ ماضی قریبَس اندر چھُ ریختہٕ زبأنۍ اندر عبدالوہاب سادھُون تہِ شہر آشوب لیوٗ کھمُت مگر یہِ چھُ رَژِھ ہَنا فحش پہَن۔ بنٛڈٕ پورٕ یُگ منور شاہ چھُ شہر آشوب لیکھنَس اندر اکہِ جان مُقامُک مألِک۔ حضرت شیخ العالمس نِشِ توقع تھوٗن زِ تموَ کیا آسہِ شہر آشوب بَخشُمۍ یِتہِ شہر آشوب لیوٚ کھمُت۔ چھُ رژھاہ مُشکلِ پہَن۔ البتہٕ پرٛتھ کانٛہہ شأعر چھُ پننہِ سماجُک عکاّس آسان، تہٕ اَمہِ سٕنٛدِس کلامَس اَندر چھ خأہی نخأہی سماجِچ وارِیاہ شکلہٕ بَنان تہٕ ظأہر سَپدان۔ حضرت شیخ چھُ صوٗفی صافی تہٕ ریشی آسنہٕ باوجوٗد شأعرتہِ تہٕ اوٚہنٛد حساس دلِ مُبارک رِتھ پأٹھۍ ہیکہِ ہےٚ تموٚ حالاتو، نِشہِ بےٚ نیاز روٗزِتھ، یم تمَن أندۍ پٔکۍ رونُما سَپدان آسۍ۔ حضرت شیخہٕ سٕنٛدِس کلامَس اندر استحقار

موت ،تَصوٗ رِ آخرت تہٕ بے ثباتی دُنیا تِم موضوع یِمَن نِسبتھ اَسی ہکوٗ نتھ زِ یِمے چھِ یِہنٛدی خاص موضوٗع۔ لہٰذا اگر اَسہِ ہنٛدِس کلامَس اندر شہر آشوبُک کانٛہہ عُنصر چھُ تتھ چھُ یِمنے موضوٗعن سٟتی توٗلُق ۔ چنانچہ حضرتِ شیخہِ سنٛدِس کلامَس اندر رچھُ ریا کاری خلاف زبردس احتجاج موجوٗد اَتھ چھُ اَکھ خاص سَبَب تیٚچ وضاحت کَرنہٕ باپتھ پٮ۪ن ذرا تفصیلہ سان کینٛہہ کَتھہِ عرض کَرنہٕ ۔ اللہ تعالیٰ چھُ پرٛ ٚتھ وَقتَس پٮ۪ٹھ تِمہٕ قسمکی ہادی تہٕ مُصلح مبعوث کرٛان یِم تتھ وَقتَس تہٕ زمانَس درکار چھِ آسان ۔ حضرتِ ابراہیم علیہ السلام سَپدُ تِمہٕ وِزِ مبعوث یٚیلہِ آدمہٕ سنٛد بو فرزند و معبود برحق مُشرووُمت اوس تہٕ خودساختہ خدایو اوس اِنسانی دماغَس پٮ۪ٹھ غلبہٕ تہٕ تَسلُّط لوٗ بمت ۔ توحید باری تعالیٰ ہُک تَصوٗر اوس دِلوٛ منٛز محو سپدُ مُت ۔ اللہ تعالیٰ سنٛدی قدرتِ کامِلَن کوٚراَتھ گٹہٕ کارَس اندر اَکھ مینارِ نوٗر حضرتِ ابراہیمہٕ سنٛدِس صوٗرتَس اندر رپاٚدٕہ ۔ یِہنٛزٕ تعلیمہِ ہُنٛد زور روٗد صرف توحید باری کِس موضوٗعَس پٮ۪ٹھ تہٕ کیازِ تِمہٕ وِزِ اوس تقاضاے وقت تی ۔ حضرتِ عیسیٰ علیہ السلامہٕ سنٛدِس زمانَس اندر اوس دُنیا خونریزی تہٕ تشدُد ُک شِکار سَپدُمُت اَمی موٗجب روٗ ز حضرت عیسیٰؑ سنٛزٕ تعلیم امن وصُلح تہٕ عفوتہٕ درگُذرکرنَس تام محدُود ۔ اَتھ حدَس تام زِ اگر کانٛہہ اکِہ طرفہٕ بُتھس تھاپر لایو ۔ دٔ ویم طرف گَری وٕدس پیٚش زِ اگر یِژھکھ یپاٚری لاے بیا کھ ۔ پانہٕ حضرت خاتم النّبین صلے اللہ علیہ وسلم تہٕ سپدی مبعوث تِمہٕ ساتہٕ یٚیمہِ وِزِ یِم دونوے مُفسدہ دُنیاہس اندر رعام آسہٕ ۔ یعنی اِنکارِ توحید الٰہی تہٕ فساد و خوٗنریزی ۔ اَمی موٗجب چھُ حضوٗرَنٛ ہنٛزٕ تالیمہ ہُنٛد سنگِ بُنیاد توحید تہٕ امن وصُلح ۔ حضوٗرَنٛ پتہٕ یِم مُصلح ،اولیاء ،عُلماء تہٕ صُلحا آے ۔ تِم تہِ سَپدی ماموٗر من جانب اللہ تِمَن حالاتَن ہنٛزٕ اصلاح تہٕ مُقابلہ کَرنہٕ باپتھ یِم تتھ زمانَس اَندر باعثِ فساد آسی بنے متی ۔ یہ موضوع ،چھُ سیٹھا طوٗیل تہٕ یٚیمہِ مقالُک موضوٗع چھُ محدوٗد ۔ اَمہِ موٗجوٗب ہکہٕ نہٕ بہٕ مِثالہِ

دِتھ یہِ واضح کرِتھ زِ امام ابو حنیفہ کیاز سپُد قاد۔ امام احمد حنبل کیاز سپدی مُبتلاے مُصیبت تہٕ تِمن کیاز آیہِ بے پناہ جسمانی اذیت دِنہٕ۔ یمو گتھو منز چھُ ثابت سپدان زِ حضرتِ شیخ العالمہٕ سِنڈس زمانس اندر چھ سماجس منز سارِوے کھوتہٕ زیادٕ بوٚڈ فتنہٕ رِیاکاری ہُنْد اوسمُت۔ تِتھ چھُ یہِ سبب زِ تِمہِ وقتہٕ چھُ اِسلام اوسمُت تازٕ تازے۔ اَمہِ موٗجب آسہٕ ہَن اِسلامکی ٹھیکہ درتہٕ خدائی فوجدار زیادے پھَن تہٕ پنٔن سِکہٕ بہنا ونہٕ خاطرٕ آسہَن تِم ریاکاری ہِنْدِ سہارٕ ژٕرِ ے پھَن تشہیر کران۔ رِیاکاری چھُ ذمایم اخلاقو منزٕ بدترین عاب۔ تہٕ خلوٗصہٕ والو لوٗکو چھِ اَتھ ہمیشہ شدید مخالفت کرِمٕژ۔ حضرت شیخ العالم رحمۃ اللہ علیہ آسی حقیقی خدا پرست۔ دُنیا تہٕ متاعِ دُنیا اوس تِمن نِش بے حقیقت۔ اَمہِ موٗجب آسی تِم تِتھِن لوٗکن وُچھان یِم دینس دُنیا حاصل کرنک ذریعہِ بناوان آسی، تہٕ تِمن اوس افسوٗس سپدان تِمن اوس معلوم یہِ سودا چھُ خسارُک سودا۔ دین کِنِتھ دُنیا کارُن، گوٚ نفع بدلہِ نقصان ژھانڈُن۔ اَمی موٗجب کوٚر تِمو تِتھِن لوٗکن خلاف زبردس احتجاج۔ ریاکار مولوِین درویشن تہٕ خود ساختہٕ برائے نام صوٗفِین چھِ تِم وَنان ؎

سُہ چھُنہٕ وُچھان قیلس تہٕ قالس
سُہ چھُ وُچھان دِلہٕ کِس حالس کُنٕ

ظاہری چال ڈھال تہٕ ہالِ گوپالہٕ ستہٕ چھِ واریاہ پیر، مولوی تہٕ درویش لوٗکن مرعوب کرنٕچ کوٗشش کران۔ حضرت شیخ چھِ یِمن فرماوان ؎

اَتھ گنڈِ پانس مودِم رنڈو
اَمہِ ستہٕ ووڈِ مل ووتھی نو
اَمہِ تسبیحہِ تہٕ عاصہٕ تہٕ جنڈو
اَمہِ فنڈِ سُہ اَتھِ اِیی نو

عالِم بے عمل چھُ تمام مُصلحِن ہُنٛد اکھ محبوٗب موضوٗع روٗدمُت ،یُس تِمو مختلِف طریقوٚ بووُمت چھُ ،حضرت شیخ فرماوان ۔

پَران پَران پاٚلُن موٗٹھمو لِکھان لِکھان بیوٗٹھُم دِل

بێیِس جایہِ چھ فرماوان ۔

پَران پَران خاٚلی پرٛگیہٕ خرٛگیہٕ کتابہٕ باٚرِ ہێتھ

صرف زبٲنی زبٲنی یادِ خُدا کرنہٕ کسِ سعیٔ لاحاصِلَس نِسبَتھ چھِ حضرت شیخ فرماوان ۔

پَران پَران زیوٚ تالِ پھُجٕ یو
تَس رٕژ کرےٚ کانہہ تێجی نوزات
تسبیح پھِران اوٚنگجے گجٕ یو
بوے لَدسےٕ بوے ژٕج نوزات

شہرآشوب لیکھَن والیٚن ہُنٛد موضوٗع چھُ تِم لوٗکھ تہٕ روٗدی ییٚمتی ییٚہنٛد ظاہر تہٕ باطِن اکھ اکس نِش سێٹھاہ مختلف تہٕ مُتضاد چھُ آسان ۔اکثر تِم لوٗکھ یِم ظاہری شکل وصوٗرتَس اندر اولیا تہٕ خاصانِ خدا چھِ باسان، ،چھِ بظاہر تجارت پیشہِ آسان یِم زَن ظاہری تقدسُک جامہٕ نٲلی لاگِتھ امہِ نِشہ تزکیہ نفسہ بدلہ دُنیاوی نفع چھِ کماوان ،ریاکاری ہُنٛد کاروبار چھُ پرٛتھ زمانَس اندر چلان ۔

بیاکھ دِل آزار صوٗرتھ چھےٚ سو ییٚتھ خلاف علامہ اقبال ییٚہِ وٗنتھ احتجاج چھُ کران ۔

میراث میں آتی ہے انہیں مسندِ ارشاد
زاغوں کے تصرف ہیں عقابوں کے نشیمن

حضرت شیخ فرماوان:

پٔتہٕ موٗریشو دوہ دہن رٕچھی | ننہٕن وُرکھ کھٔنی راتھ
کپٹھ ریشی سر پھتہٕ بچھی | نصر بابہٕ توٕہ کھوتہٕ انہٕ کیاتھ

مُفت خوری تہٕ استحقاقہٕ وَرأے لوٗکن ہنٛدِ محنتُک استحصال کرَن والین اندر رچھُ مَلہٕ ہمیشہ مشہوٗر روٗدمُت ۔ فارسی زبانٕی اندر چھ اکھ ضرب المثل بڈٕ عام ،مردہ بدوزخ رود یا بجنت ملاّ رانان وپیرے ۔ اَتھ مُفت خوری چھُ کاشرِ زبانٕی اندرا َکھ خوبصوٗرت لفظ ووپھ ۔ حضرت شیخ فرماوان ۔

ووٚپھ بَتہٕ أنٛزِ وو، رٕنٛزِ وو لوکھرے
ووپھ بَتہٕ بکھرے گرِ رگرچیانگ
ووپھ بَتہٕ کھیٚاو ملہٕ سٕنٛزِ کوکرے
تمہٕ تہٕ مالہٕ پرٕنے شوٗنگی تھےٕ بانگ

یمنےٕ مَلَن ہُنٛد، یہُنٛد ظاہر باطِن اَکھأ رکس نِش بلکل متضاد چھُ آسان ، چھُ حضرت شیخ العالم یہٕ نقشہ پیش کرَان ۔

نیٚبرَ ے شوٗہلی ،اندرَے شومی
مقبرن کھسن تَم گرٕی گرٕی کار
ملَے ڈٕلِی زِ تہٕ مولوی رومی
نتہٕ مَلہٕ ڈیشتھ پرٕی زِ استغفار

اَتھی ستی أنٛز توٗ ذیہنس اَند رفارسُیک مشہوٗر شعر ۔

واعظان کیں جلوہ برمحراب ومنبر مے کُنند
چوں بخلوت مے روند آں کار دیگر مے کُنند

مےٚ کوٚر عرٕض زِ دراصل چھُ حضرت شیخ العالمہٕ سٕنٛدِس زمانٕس ملہٕ راج بڈٕ زبردس اوسمُت۔ یہِ چھُ اوسمت خُدائیٖ فوجدار بٔنتھ پنٕنٕ بداعمالی، ریاکأری ہِنٛدِس پَردَس تل گھٹان تہٕ لوٗکن پرٛتھ ساتہٕ تہٕ پرٛتھ وِزہ پرٛتھ کامہ پیٹھ ٹوکان تہٕ جہنمس کنُ پروانہ راہدأری دِوان۔ پانس نسبتھ چھُ اوسمت یمو پننٮ۪ن دِلن اندر دأیر مُت زِ جنت چھُ یمَن مألی میراث تہٕ جاگیر یمَن لوٗکن خطاب کران چھُ حضرت شیخ فرماوان ؂

علمٕ ما پوٚروو ووپھ کے ہوٗسَے
ژھلَس چھِو زاگان اَکس اَکھ
چھو چھِو آمتی میٹھہٕ تہٕ مسے
پوٚژھ لوٚژھ ڈیشتھ یوان ژکھ
کوٚ چھو گمانہٕ اسی چھِ خاصَے
تہٕ نو موکلو ساسہٕ منٛزٕ اَکھ

یَے مولوی، مَلہٕ، پیر تہٕ خودساختہٕ درویش چھِ اسی متی شیخ العالمس ذہٕنس اندر ییلہٕ تمو نصرِ بابہٕ صأبس خطاب کران چھُ فرمووُمت ؂

موماز پوٗڑھس ماژس تہٕ بدٕنس
دِلک گلُ گرٕژھ یوکایس پَل
نصربابہٕ لَے کر رِوٕنس تہٕ ودٕنس
حق اَدِ رَچھی سایس تل

اگرچہ شیخ العالمہٕ سٕنٛدِس کلامَس اَندر شہرآشوبک عنصر ژھانڈان ژھانڈان غأٹب عنصر ملہٕ تہٕ مولوی چھُ۔ توتہٕ چھُ کُنہِ کُنہِ وِزِ ییہ کینٛہہ موضوٗعہٕ لبنہٕ یوان۔ اگرچہِ تم چھِ سےٚٹھا کم مِثالہٕ پأٹھی یہِ واکھ یا شرُک ؂

وۄنتھ واوس تن ئنی
سُہ تہٕ دوہا نصرو
نِشہ رِنی تہٕ وُرِنی کھئنی
سُہ تہٕ دوہا نصرو
توٚن وُگرِ تہٕ سیٚنز پئنی
سُہ تہٕ دوہا نصرو
وُرِ بتہٕ تہٕ گاڈٕ گنی
سُہ تہٕ دوہا نصرو

عام شکایت چھَ پژ ہتھ زمانَس اَنٛد رآسان زِدأنشور چھِ پننہِ کتھِ تَمَن وَنان یَمَن نہٕ تِم فِکرِ چھِ تران۔ کوکرِبن موکھتہٕ چھکُن چھُ اَمی باپتھ محاورِ بنیومُت۔حضرت شیخ فرماوان:

مُڈَس گیانٛچ کتھ نووٕنی زے
خَرس گور دِنہٕ راوی ویل
سیٖکہِ شاٹھَس پھل نووٕی زے
کوٚم یاجَن دِنہٕ راوی تیل

شیخ سعدی تہِ فرماوان ؎

زمین شور سنبل بر نیارد
درو تخم عمل ضایع مگردان

کأشری پأٹھی چھ مثال:- اوٗن کیازانہِ پرٛوٗن بتہٕ کیا گو۔یہِ مثال چھَ تِمہ وِزِ دِنہٕ یِوان یٖیلہِ کأنٛسہِ ناقدرَس تہٕ کینٛژھابَنہِ۔یَمیُک نہٕ سُہ حقدار آسہِ۔یہِ چھے غلط بخشی۔غلط بخشی چھ پژ ہتھ زمانَس اندروٗزمژ ؎

بے تمیز ار جمند عاقل خوار
اوفتاد است در جہاں بسیار

حضرت شیخ یتھ شرٛ کَس اَنٛد رلطیف طنز فرماوان ؎

کیا کرِ دنٛدہ روٗ ستےٚ ڈوٗنس
کیاہ کرِ أنس تیر کمان
کیاہ کرِ ہوٗنہٕ سُندٕ وَستےٚ ہوٗنس
کیا کرِ أنس شِلہِ پدمان

تہٕ واقہِ چھُ یہِ زِ دوہَے سَپدان چھُ یی۔دوہَے چھُ سَپدان اَتھ غلط بخشی خِلاف

احتجاج ،مگر یہِ غلط بخشی چھَ بدٕستوٗر جاری۔ اٗتھی موضوٗعس پٮ۪ٹھ پٮ۪یہِ فرماوان حضرتِ شیخ

نٕژ کیا کرِ ہ سَتھ گز پرٕ ژے　　کیاہ گرِی نستہِ رٕژھے رونگ

حضرت شیخ العالمس چھُ پننس بصرِ تکِس بناہَس پٮ۪ٹھ اَزشے ہٮ۪تھ وٕری بڑ ونٹھ تہٕ بوزنہٕ آمُت ۔ یہِ اَزاٗسی پننوٕ گونہگار چشمو وچھان چھ

بڑ ونٹھ کالہِ آسن تِتھی کیرن　　ٹنگ ژو، نٹھی پُن ژیرن ستی

ماجہِ کورِ اَتھ واس کرِتھ نیٚرن　　دوہ دبن برَن غاٚرن ستی

شہر آشوبکُ اَکھ اہم عنصر چھُ طنزیہٕ تام نہٕ اَتھ اندر طنز آسہِ ،توٚت تام چھَنہٕ سوٕ تلخی ظاہر سپدان ،یوسہٕ وَنن واٚلِس دِلس اَندر آسان چھَ تہٕ یَتھ سٕہ بیٚین تام واتناوُن یژھان چھُ ۔ سیوٗ دساد پاٹھی اگر واقات وَنو، تہٕ زمانکُ حال بیان کرو، سوٗ سپدِ اَکھ معموٗلی بیانیہ تخلیقاہ ۔ اَمیُک اثر روزِ سٮ۪ٹھاہ کم ۔ حضرت شیخ چھِ اَمہِ رازہٕ نِشہٕ واقف اٚسی ستی ۔ اَمی موٗجب چھُ مَلن بابن ہُند حال وَنان طنز استعمال کٕرمُت ۔ مثلن

تسبیح وُچھمے گُنسا ہِشو　　مُرید ڈیشتھ گران ضم

ستھ چِنہ کھیٚیہِ تھَم ہِشم ہِشو　　اَرِکس میٚتھ مازبیٚپس گرم

تہٕ کھٮ۪تھ شوٗنگہم ماٗشاہِشو　　توٗ ہی ہے پیر تہٕ رہزن کم

یُتھُے طنز چھُ حضرت شیخ العالمن شراون ناٚوِدس کٕرمُت ،یَس نِش تِمو مَس آسہِ ہے کوسُمت ۔ تہٕ یٮ۪می سِند بوٗ موٗنڈی کھور بوٗتمن ایذا آسہِ ہے واتنومُت

ووٕ گنی پچوس واونےٚ　　مَستھاہ کوسُم ووہٕ تہٕ شراونےٚ

رگہِ زَن ژچنم کاونےٚ　　مےٚ نہٕ نفع ژیٚنےٚ نہٕ تاونےٚ

یٮ۪م کھوٗری گرِشی راونےٚ　　پوہَس کمی کوٗ رُ ےناوشراونےٚ

عام حالاتَن پٮ۪ٹھ اَکھ پوٚر طنز۔ یُس پرٛتھ زمانَس اندر سر سبز روزِ۔

سوزنَن بَتہٕ پھٕلی کُنہٕ نوپوشان
کوزنَن برٕی بُری ماز پولاو
پأز مےٚ ڈیوٗڈھُم کنَن گشان
راز ہونزِس وُچھُم پرٛنان کاو

حضرت شیخ العالم رحمتہ اللہ علیہ چھِنہٕ شأعر اَمہِ کِنؠ یَتہِ زِ تِمو آسہِ تمام عُمرِ شأعری یأژ کرٕمٕژ ۔ تہٕ یوٚتےٚ آسہِ ہے یٖہنٕز زندگی ہُند مقصد۔ بلکہِ چھ تِمو شأعری اَکھ ذریعہِ بنوومُت ۔ یہِ چھُ محض اِتفاق زِ أکِس اہل اللہَس ولی کأملَس چھُ اوسمت فنَ شعرَس ستِۍ تہِ مَس ۔ تہٕ اَمہِ ستِۍ چھُ اِتفاقَن یہِ مَقصد تہِ پوٗرہ سُپدمُت زِ کأشرِ زبأنِ میوٗل اَکھ لازوال خزانہٕ تہٕ بیش بہاذ خیر چُھ حاصِل سُپدمُت ، یُس سانہِ خأطرِ مشعلِ راہ چُھ ۔ شأعر آسنہٕ کِہ کِنؠ یَتہٕ چھُ تِمَن احساس بڈٕ نوزُک اوسمت تہٕ مشأہدہ بڈٕ گہر، تہِ کیاز ِیم زٕہ چیز چھِ شأعری اندر بنیأدی حیثیت تہِ تھَوان ۔ شأعر آسنہٕ کِس صورتَس اندر یہِ کینژھ ہا تِمو دِچھٕنی کھوورِی تہٕ پٔتی برونٛہہ وُچھ ، تہٕ وٕونکھ ، شہر آشوب چھُ آسان تی ۔ سو شأعری یتھ اَندر زمانکُ حال تہٕ حکایت آسہِ ۔ مےٚ چھُ ییٚمہِ مقالہٕ کِس ابتداہَس اندر روٗنمُت زِ سماجَس چھُ اوسمت حضرت شیخہٕ سِندِس زمانَس اندر ریاکار مُلّا تہٕ مذہب فروش ٹھیکہٕ دارَن ہُند زیادے پہَن غلبہٕ ۔ اَمی موٗجب چھُ حضرت شیخ العالمَس یِہندی اعمال وُچھتھ یمَن رگ زنی کرٕمٕژ یتھ زَنِ خوٗنِ فأسِد نبرٕ نیرِتھ سماجُک جِسم بیمار ہو نِشہ پاک سَپد ۔ یتھ کِنؠ کأشرِ شأیری ہُند بَکھتی یَتہٕ مجموعی حضرت شیخ العالمؒ امام چھُ ۔ تِتھے پأٹھی چھُ شہر آشوب تہِ اَتی دژامُت ۔ اَمی ژانگہٕ ستِۍ چھِ واریاہ ژأنگی روشن سپدی ۔ تہٕ یہِ فن چھُ کأشرِس اندر یتیوٚتےٚ مکمل یوٚت فارسی یا اُردو زبأنی

اند رچھُ ۔یمَن دوٗن زبانَن ہُنٛد ناوچھُس بہٕ اَمہِ موٗجُب ہوان زِشہرآشوب چھُ اَسہِ
اَتی پیٹھہٕ تہٕتھے پأٹھی مستعار ینتھ پٔنُن بنووُمُت یتھہٕ پأٹھی غزل مثنوی،ربأعی تہٕ باقٕے
اصنافِ سخن سانہِ زبأنی ہٕنٛدی اجزا بنےٚمتی چھِ۔

(ماخوز: شیخ العالمؒ مجموعہ مضامین کلچرل اکاڑمی)



اُردو ، کأشُر ، فارسی تہٕ عربی زبانن ہِنٛدِس عالِم شاعر تہٕ اُستاد میر غلام رسول نازکی

ہٮ۪نٛز علمی تہٕ ادبی شخصیتھ سٮ۪ٹھاہ قداوار تہٕ بسیار پاسل ۔ تمہِ آسی یِمن ژۄنٕوٕنی زبانن منٛز طبع

آزمائی کران ۔ شاعر آسنس ستی ستی آسی تم ترجمہٕ کار تہٕ براڈ کاسٹر۔ تمہِ آسی منظوٗم مادٕ

تاریخ لیکھنس منٛز تہِ مہارتھ تھاوان۔ کشیرِ ہِنٛدِس توأریخس تہٕ تمدنس پیٹھ آسکھ سرٛنی نظر۔

نازکی صأبنہٕ شاعری سپٕز یٕژ پأٹھی عوأمی مقبوٗلیت حأصِل۔ یہِ مونوگراف چھُ عام لۄکن ہِنٛدِ

خأطرٕ نازکی صأبس تہٕ تہٕنزن علمی ،ادبی تہٕ سمأجی خدمژن متعلق بُنیأدی ضروٗری تہٕ فأیدٕ مند

زان فراہم کران۔

میر غلام رسول نازکی صأبس متعلق یہِ معنہِ سوو تہٕ دِلچسپ مونوگراف چھُ عزیز حاجنی

ین لیوٗکھمُت ۔ الہٕ پلہٕ ژوداہن[14] کتابن ہِنٛدی مصنف تہٕ مرتب حاجنی چھِ مُترجم، نقاد، شاعر،

ادیب ، تمدنی کارکن ، بہترین منتظم تہٕ تنظیم ساز۔ یِم چھِ جموں اینڈ کشمیر اکاڈمی آف آرٹ،

کلچر اینڈ لنگویجز ہِو معتبر تہٕ باڈوبڈِ ادارٕکی سیکریٹری ۔ اَمہِ بروٗنہہ رُود یِمو کشمیر یونیورسٹی ہِنٛدِس

مرکزِ نوٗر شیخ العالم چیئر ، سٹیٹ بورڈ آف سکول ایجوکیشن تہٕ ڈائریکٹوریٹ آف سکول

ایجوکیشن ہِوبن موٚقر ادارن منٛز تہِ کأم۔ یِمن چھِ واریاہ اعزاز دِنہٕ آمتی ، یِمن منٛز ساہتیہ

اکاڈمی دِلہِ ہُنٛد ترجمہٕ اوارڈ تہِ شأمِل چھُ۔ حاجنی چھ ادبی مرکز کمراز کہ صدر روزنہٕ علاوٕ

ساہتیہ اکاڈمی ہِنٛدِ کأشرِ ایڈوایزری بورڈٕکی کنوینر تہِ روٗدمُت۔


ISBN : 978-81-260-5231-8
9788126052318

Mir Ghulam Rasool Nazki
(Kashmiri)




ساہتیہ اکادمی

₹ 50